# نورِ آگُر

(دُنیاکین مقبول ترین نعتن ہُنٛد گلدستہٕ)

ترتیب

مرزا عارف
بشیر اختر

جموں اینڈ کشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز۔ سرینگر

۱۹۸۷ء

© ناشر: سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

انچارج طباعت : ظفر منظفر

معاون : محمد امین

کتابت : محمد یوسف مسکین، محمد افضل اندرابی

میٹکاف پرنٹرس، دہلی

۱۹۸۷

۲۰۰ ۵

Rs 70/=

کتاب میلنک پتہ

کتاب گھر

مولانا آزاد روڈ سرینگر

کنال روڈ جموں

# فہرست

فارسی:

اُردو:

## کأشُر حِصہٕ :

- سید مدینک سردار دینک

رفیقی

- قد چونے وچھ منے بالا
- اے شاہ رسولِ عربیؐ
- شاہ سون ماہ ستارن آو

صمد میر

- چھنے مدِ نظر چانہٕ روپنچ منے جانی

غلام رسول کامگار

- شبہٕ اکہٕ اسہٕ اسی پننہٕ لس حسابس

رسا جاودانی

- سحر وقتن پھلے لجُھر چھنے گوشن
- چھ بیون بیون عالمن بیون بیون زمینا
- چھ کعبس سنگ اسود داغ سینس
- مدینک شام زُلفن شانہٕ طاوس
- ملہ ہے عزت پہاے چھم نیک نامی
- اگر زھانڈکھ ژ دُنیا ذہن راوی

میر غلام رسول نازکی

- چھ سردار عالمن ہُند سرورمن

عبدالاحد زرگر

نور نوٗرے ہساۂ دیدارِ رسولِ عربیؐ ۳۶۴

سید رسول پوٚنپُر

پیہِ جانانُس دِیہِ دیدار ۳۶۵

لکہٕ باٗتھ

دھےٚ ترٚوٚے حضرت بَل تہٕ لولو ۳۶۶

لُکہٕ باٗتھ

# نوٗرِ آگُر

لعت چھ مُسلمانَن ہِنز وابستہٕ زبانَن ہُند اکھ سیٹھاہ دلنواز صِنفِ سُخن یُس مُسلمانَن ہنٛدِ عقیدت تہٕ لولُک مرکز تہٕ محوٗر، مۄنزِل تہٕ حاصِل، مقصد تہٕ مسلک چھ حُضور پیغمبرِ اسلام صلی اللہ علیہ وسلم سٕنز پاک تہٕ پاسہٕ ذات۔ لعت چھ تِہنٛز لولُس اِظہار کران۔ بقول مولانا عبدالرحمان جامی، تمہ صِنفَس کیاہ کھٔرزر، بجبر تہٕ میچھر آسہٕ، یمیُک دَس پانہٕ پروردگارِ عالمینَن تُل؟ مُسلمانَن ہنٛدِ لولَن کوٚر پانہٕ خالقِ کائنات سُنٛد تعلق سَروَرِ کونینس سٟتی اکہِ جِسی انداز۔ خالقَن گٔرزِ نوو تہٕ شولہٕ نوٗد یہٕ عالم پنٕنس ٹاٹھِس نبی سٕنٛدِس لولَس آیینہٕ بنٛدی کرنہٕ خاطرٕ۔ قرآنِ مجیدَس منٛز چھ حضوٗرن خطاب کرنہٕ خاطرٕ اللہ تبارک وتعالیٰ اَمن تمن خوٗبیَن تہٕ صِفتَن اَنبر کوٗرمُت یم تَبسنٛدِ وجودٕ سٟتی شولے یہٕ۔ خبر قریشکۍ گاٹٕلی بزرگ عبدالمطلبَن کمہِ ساعتہٕ تہٕ کمہِ شوقہٕ اوس تمَن محمدؐ ناو تھوومُت۔ محمدؐ گوٚو یَس حمد یعنی تعریف تہٕ توصیف سپدَن۔ ژٕ وہُو شتو وٚرۍ لو چھ عبدالمطلب سُنٛد تھووُمت اِسم شریف انداز کھوتہٕ تہٕ واریاہ زیادٕ حق بجانب تہٕ صحیح ثابت کوٚرمُت تہٕ بوزوٚے یِتہٕ گٔژھہ حضوٗرنٕ ہنٛدین معنوی فتوحاتَن تہٕ معجزاتَن منٛز گَنزرنہٕ یُن۔ تِہنٛز ذاتِ اقدس چھے دُنیاہکین کیٛنژن ساروٚے کھوتہٕ فصیح

بڈپن تہٕ عظیم سوخن وٲرن ہندِ نعتیہ مرکز بنے ہش۔ ظاہرا آسہ تہٕ دُنیاہس منز بیٚیہ کانہہ پٔژھہ ہش مثال۔ بیٚلِہ یپٔرو اُلگ اُلگ زبانن ہندو تھنگیو اُتھ شاندار تہٕ شوٗبہ دار اندازس منز اُکس ذاتِ پاکس پٔژھہ، پٔژھہ، لولہٕ تہٕ لیٚیہ ہندی موختہٕ ہار ژیری متی آسن۔ ژہ۱۴داہ شتہ ؤری تہٕ حسان بن ثابتؓ، بصیری، حضرت غوث الثقلینؒ، حضرت خواجہ معین الدین سنجری چشتیؒ، سعدی شیرازیؒ، عبدالرحمان جامیؒ، حضرت میر سید علی ہمدانیؒ، شمس تبریزی، مولانا رومی، امیر خسروؒ، ابوالفیض فیضی، میر تقی میر، مرزا اسداللہ خان غالبؔ، ڈاکٹر شیخ محمد اقبالؒ، شیخ العالم شیخ نورالدین ریشی الکشمیریؒ، ثنااللہ کریری، عبدالاحد نادمؔ تہٕ مُلکِ سوخنکی بیٚمی بے شمار پادشاہ۔ کٔتھ چھنہٕ وُنہٕ اُند واتہٕ نے۔

"نہ حُسنش غایتے دارد نہ سعدی را سخن پایاں"

یا بقولِ میر شاہ آبادی ع

اُمہٕ شایہ نو موکلن پلے لولو

نعت چھ حمد، قصیدہ، غزل، سراپا، شہر آشوب، عاجزی، دُعا، گژاو تہٕ گژاو تہٕ بیٚیہ واریاہن پوشہٕ زاژن گنڈ کٔرِتھ پٔتن گلدستہٕ پاراوان۔ اُمیُک ارتقا چھ گاہے جلال تہٕ گاہہ جمال، گُلہے نادُک تہٕ گاہے فریادُک لہجہ اختیار کران۔ مُسلمانو دۆنی تمہٕ لولہ سان حضوٗرن ہندِ کمالکی، کرامتکی، کلامکی تہٕ کارنامن ہندی ہری زِ سارِ دُنیاہک اعلیٰ ترین ادب گو اُمہٕ چیو رٔنگہٕ ژٕھٹو سیتی گُل نار۔ برطانوی مستشرق ایڈورڈ لین (۱۸۰۱-۱۸۷۶ء) سُند وَنُن چھ "معراج نامن منزیم توصیف تہٕ تعریف تہٕ یوسہٕ منظر بندی نبی لولاک ہسندِ

آسمانٔی سفرچ مُسلمان شاعرو پیش کر۔ دانتے سنٛز DIVINE COMEDY
پیٹھ چھُ تمێک وارِیاہ اَثر پیومُت۔ اَمِکیٚ ماچھُ اَمێک ترتیب تہٕ فِضا معراج
نامن ہُنٛدِ پرتو۔"

نعتُک اِرتقاء تہٕ اَکھ بیٚون بیٚون نموٗنہٕ چھ عقیدت تہٕ حِسی شاعری ہِندی
سیٹھاہ نادر تہٕ نیٚبرِ تجربہٕ پیش کران۔ حالانکہ مُسلمان چھ ذاتِ اقدسٕ ہُند
تعظیم تتھ حدس تام کران یێمێک اِشارٕ یتھ مقولس منٛز چھُ ع

با خدا دیوانہ باش و با محمدؐ ہوشیار

مگر لولُک اَلاو ییٚلہِ طیٖس پیٹھ چھ واتان، اَدٕ چھ شاعر ساریٚ بنٛدشو نِشہ
ہیٚوٗر کھسان تہٕ محض جذبہٕ تہٕ تاثر بنان۔ ییٚلہِ تس سوٗرے وجوٗد وہگلان تہٕ
ٹپ ٹپ کران گژھان چھُ ع

ہے رواں آگ کا دریا میری شریانوں میں۔

اَتھ عالمس منٛز یِم آنو سہ لایان چھ۔ تم چھ تعشوقکی تھٕ نموٗنہٕ یتھ غزلٕچ اعلیٰ ترین
رومانٔی شاعری چھےٚ اَکھ مثال چھ حضرت امیر خسرو سُند سہ نعت یُس از
سُتوٕ ہتو وٕری یو پیٹھ گریزان چھُ مگر ییٚتھ تیٖہہ تہٕ سرِیہہ چھ دوہ کھوتہ دوہ تیٖزان
ع

پری پیکر، نگار سرو قدے، لالہ رُخسارے
سراپا آفتِ دِل بود شب جائے کہ من بودم
خدا خود میر محفل بود اندر لامکاں خسرو
محمدؐ شمعِ محفل بود شب جائے کہ من بودم

خُسرو سُند سہل مگر اعجاز صِفت بیان چھُ شاید اِظہارکس آخری حدس تام

وُاَتھ اَتھ کیفیتس لبکھت دِوان ؏

آنچہ خوباں ہمہ دارند تو تنہا داری

عاشقانہ جذبن ہُنٛد وتار چھُ عام طور اکس نسوانی لیہ ہُنٛد براق پارا دان۔ یہ لہجہ اوس نعتس تہٕ وِزِ براہ آمُت ییلہ حضورؐ ہنز تشریف آوری پیٹھ یثرب چھو کورِ وِ وداعس نِشہٕ دَنہٕ وُن ہیوت۔ یہ رِوایتھ پھانٛچھلے یہ پتہٕ فارسس منٛز۔ سعدی ہِنٛدِ اَتھہٕ تہٕ جامی ہِنٛدِ ہوس عظیم نعت گوہس نِشہٕ تہٕ چھُنہٕ اَمہٕ چہ مثالہ لبنہٕ یوان۔ یہے رِوایتھ آیہ پتہٕ کاشرس منٛز عبدالاحد ناظمس لبکار۔ کاشرس اَدبس منٛز چھِ تِمٛنٛدی نعت تہٕ لۓ تہٕ جذبُو کِنۍ تعشوقہٕ شاعری ہنز ساَرے نرمی تہٕ دشنیر پیش کران ؏

| | |
|---|---|
| شوقہٕ سان نار مِنقلہٕ سِنٛدراوس | عشقہٕ جلاوس دِمہٕ اوتار |
| عاشق یم چھس تم تنٛبہ لاوس | داوس اَتھہٕ دَنہٕ ناوس زار |
| لولہٕ باغہٕ فرشہٕ کَنہٕ زِد وَتھراوس | تراوِ ناغوصہٕ تۓ ہاوِ رخسار |
| داغ دِل سینہٕ بومزِرتھ ہاوس | داوس اَتھہٕ دَنہٕ ناوس زار |

مگر یہ لولہٕ کرایے چھنہٕ اَمہٕ بدٛ موضوع جلے۔ موضوع یہ رنٛگارنٛگی چھنہٕ شاعرن پننہٕ حِس آگہی تہٕ توفیقہٕ مطابق الگ الگ لہجہٕ عطا کران۔ ابوالفیض فیضس ہیوٚ "خرد پرست" چھُ اکہٕ جلالی انداز قلم تلان۔ ؏

خاکی و براوج عرش منزل
اُمّی و کتاب خانہ در دِل!
یا شرح و کتاب نور ساطع
با تیغ و زبان دلیل قاطع

اَمہ اندازٕکی کیٚنٛہہ نموٗنہٕ وُچھتوٗ ؎

دَر خانہ ہزار شمع ویک نور (فیضی)

مسجد او شُد ہمہ روئے زمین (عطار)

دَر شبِ معراج بودت جبرئیل اندر رکاب

پانہادہ بر سریرِ گنبدِ خضرا توٗپی! (شمس تبریزی)

---

قضاگیرد عنانش را، قدرگیرد رکابش را

قضاگیرد، قدر گیرد، ازل گیرد، ابدگیرد (گرامی)

---

برق بُراق بازلپسماندہ ازبراقِ تو یا رسول اللہؐ (احمد جام)

تہٕ ساینہٕ کاشرِ زبانٕی منٛز چھہ عزیز اللہ حقانی ہوس شاعرس تہٕ آفاقی منظر چشمن تَل وۄتلان تہٕ سہٕ چھہ ساری سے لولاکس کوم کرِتھ اَکھ وَزٕوٗن آہنگ پادٕ کرنس منٛز کامیاب گژھان۔ تِسنٛزٕ اَڈٕ کجہٕ زیوِ تہٕ چھہ زٕنبی آمرک گریزٕ پادٕ گژھان ؎

سرن سرسون پیغمبر، قبا لولاک چی دربر

---

روز وشب دزاہٕ پھٹتھ پردٕ ژٹتھ شمس وقمر

ذرہٕ چین آیہٕ بہٕ اَنوارِ رسولِ عربی!

اُردُو شاعری منٛز یتیمہٕ تاثیرٕ تہٕ دَرد مُندی سان الطاف حسین حالی ین نعت وَرتاوِی۔ سۄ چھےٚ میانہٕ خیالہٕ لعتہٕ چہٕ ساری شاعری منٛز پننی الگ مثال۔

ٚسہٕ چھُ شہر آشوب۔ گزاو۔ عاجزی تہٕ دُعا رلاوِتھ پہٕ اعجاز وُزناوان۔ مگر نرمی، لوٚتہِ تہٕ سادگی باوجود چھِنہٕ تٔمِسندِس خطابس منٛز نسوانی لہجہٕ یوان۔ تیوٗت کٔرتھ چھُ یِمن شعرن ہُند خاموش تاثیر خوشبوٗ کِ پاٹھۍ نفس مُشکاوان۔ دپان لول چھُ لطافتہٕ بٕکس معراجس واتِتھ خوشبوٗ بنان تہٕ یِہے کتھ چھِ نعتس متعلق تہٕ صحیح۔ حالی سندی نعتیہ شار ع

اے خاصۂ خاصانِ رُسل وقتِ دُعا ہے

---

وہ نبیوں میں رحمت لقب پانے والا

چھِنہٕ الطاف حُسین حالی سندِ شاعری ہُند عروٗجے پیش کران بلکہٕ چھِ اُردوٗ چہ پوشہٕ وارِ منٛز تِمن شاداب پوشہٕ ٹوٗرن ہندی پاٹھۍ یِمن ہُند مُشک تہٕ طراوت زانہہ کم گژھہٕ نہٕ۔ حالی سنٛز سادگی نہٕ بلکہٕ تٔمِسند سوزِ دِل چھُ اَمہٕ تاثیرُک سبب، نتہٕ اسماعیل میرٹھین تہٕ نعت وُنۍ ہتی چھِ۔ تِم کونہٕ حالی سندِس اعجازس واتان۔ اُردوٗہس منٛز چھُ اقبال نعت گوٗیی ہُند بیاکھ پاس پیش کران۔ یتہٕ تہٕ پتہٕ ہُند رقصِ بسمل۔ تٔمِسند سنگین خطابی آہنگ تہٕ چھُ موضوع کہٕ ہٕیتہٕ ستی کُملان تہٕ پوٚت بنتھ نفسہٕس سوتٛز لاوان۔ اَدے چھُ اقبال سندی کینہہ سارے کھوتہٕ تاثیر برتی تہٕ پاسہٕ فن پارہٕ نعتس ستی منسوب ع

لوح بھی تو قلم بھی تو تیرا وجود الکتاب
گنبدِ آب گینہ رنگ تیرے محیط میں حُباب

تٔمِسنٛز فارسی شاعری منٛز چھُ تٔمِسند آوازہٕ ہندِس زوالس منٛز تہٕ نعتس منٛزے باونک رنگ تہٕ خوشبوٗ ژھہٕ ماران۔ اکھ تِتھ ملکوتی فِضا پادٕ گژھان یتہٕ شاعر

ہندی اَشی ٹاٹھ ری نبکو تارکھ بنیتھ ناپان تہ زٲل کران چھ - ع

بہ ایں پیری رہِ یثرب گرفتم
نوا زن از سرودِ عاشقانہ
چو آں طایر کہ در صحرا بہ شام
کشاید پر بہ فکرِ آشیانہ

کأشرِس مشنز چھُ نعت کُشادگی، فرحت، سرور تہٕ سرمستی ہٕنٛدی کأتیٚاہ عالم وۄتلاوان - یم چھِنہٕ صرف صوٗفیانہ تجربے یوت بلکہِ تعشوقہٕ شاعری ہُند لوٚب اَتھ واٚلی زمزمہ تہٕ - تہٕ یمَن ہٕنٛدین جذبَن علاوٕ چھےٚ یہنز امیجری تہٕ ورتاوس مشنز تہٕ سرود تہٕ سرور گنٛتھ ماران ع

مکہ مدینس برچھ وٗتھیے نیر لُتییے رٔٹو کران
(شمس فقیر)

مکہ مدینہ ییٚلہِ اَژکھ میا نو اچھر والو ڈوکھ
(ثناء اللہ کریری)

نظر یامتھ ژئے تراوتھ سو رمہ چشمو
پھلے لگ بادمَن یا محمدؐ
(محمود گامی)

شدرس تہٕ صدفس چھے گُنی دارِن لالس تہٕ موختس بیون بیون ناو
حدِ زٔوس سمندر چوٚ دم دارِن شاہ سون ماہ ستارِن آو
(صمد میر)

میرشاہ آبادی چھ ووسنس پتھ فاران تہ ہرموکھس پلوتاران ع

کرموکھ ڈیشن گوم کوپاری

ہرموکھ چھم ژوپاری یے

ہرموکھ لگہٕ ہس بہ پاری پاری

اللہ کرِ نا یاری یے

تہ میرشاہ آبادی ہندِ کنزانیک رسا جاوداٗنی چھ یہ حیرت زار ووپداوان ع

نوٗرک تاج اوس بر سر جنابس

لولاک شوٗبان تتھ گوہر

بُتھِ اوس ووشلُن تتہِ آفتابس

اسہِ وُچھ جلواہ خالبس منز

کاشرس منز چھ نعت ووٹی بناکھ رُخت پارادان تہ میرغلام رسول نازکی ہندین

قطعن منز نوان تہ نوران۔

---

نعت کہ عظمتک اکھ پہلوٗ چھ یہ زِ اتھ منز کاڈِ ہو جلیلُ القدر ہستیو

چھنے طبع آزماٗیی کرمژ تمنیک انداز گژھ زیرِ نظر مجموعہکس فہرستس نظر دِتھ۔

بناکھ کتھ چھنے یہ زِ واریاہو شاعرو چھ اکھ کھوتہ زیادِ زبانین منز یہ صنف

ورتاومژ۔ سعدی شیرازی سُند کمال چھ تہنز فارسی شاعری مگر تُند سارِوے

کھوتہ زبر تہ سارے وُتنک اکھ ماری موند نعت چھ تس عربی پاٹھی قلمہٕ لبنہٕ تھنہٕ

پیوٗمت۔ بنیہٕ چھنے یہ کتھ تہ ژہتس تھاونس تائی زِ صرف مُسلمان شاعرو یے یت

چھِنہٕ نعت لینہٕ کھمُت بلکہ چھہ یمن منز احمد مُرسلؐ سٕندی واریاہ غیر مُسلم لولہٕ والی تہٕ موجود۔ اُردوہس منز اوس اکہ وزِ کانسہ شاعرس سٕندِ قادرالکلامی ہُند انداز امہِ کتھہٕ سیتی تہٕ کرنہٕ یوان زِ تمی کیتی نعت لیکھ۔

---

یہ سونبرن چھےٚ اسہِ اکہ پرانہِ قرضہٕ نِشہِ بے باق تہٕ سُرخ رو کران۔ ییلہ ساری سے دُنیاہس منز پنداہمہِ صدی ہجری ہُند استقبال کرنہٕ پرتھ تقریبہ آسہٕ مناونہٕ یوان۔ کشیرِ منز تہٕ کر حکومتن اکھ خاص کمیٹی مقرر۔ امہِ کمیٹی ہندِس ووننس پیٹھ کر اکادمی سرینگرس منز سہ ہجری نمائیش یوسہ اکھ سنگ میل بنیے یہ۔ اسہِ اُس نعتن ہُند اکھ مجموعہ شایع کرنچ ذمہ داری تہٕ منٛزہ تھاونہٕ آمژ۔ واریاہو وجوہاتو کنی لوگ یتھ مبارک کارس ژیر مگر پرژھہ تہٕ پتہٕ کھوت بوش تہٕ ازچھہ یہ ڈالی مشتاقانِ محمدؐ ہندِس خدمتس منز پیش۔ امیک گوڈنیک ڈھانچہ شیونہ مرزا عارف صابن مگر یہ پننہِ رنگچ اکھ مثالی سونبرن بناونس منزپنیہ بشیر اختر صابس تہٕ واریاہ محنت کرنی۔ اللہ تعالےٰ دِین دوشونی صابن نیک اجر تہٕ یہ تحفہٕ سیدالانامؐ ہندِس دربارس منز قبول۔

---

یتھ سونبرنی منز چھہ نعت کہ ابتدا پیٹھہ یُس حضور پُرانوارن ہنز حیاتی منزے سپد، ازیکس دمس تام نعتکر واریاہ ق... ... نمونہٕ پیش کرنہٕ آمتی۔ امہِ سیتی وۄتلہ پرن والس اچھن تل نعتک نوزنی سفر تہٕ تہٕ بم نعت ژھانڈنہٕ باپتھ تس ہتہ بزن کتابن پھیر پیوان

ڈیُن چھُہ۔ تِم روزِن تَس یَتہٕ خوانِ نعمتَس مَنٛز بٔرؤنٛہہ کَنہٕ شیٖرتھ۔ خبر یہٕ
وُنُن ماگرٕہ قبوٗل زِ یِتھہ ہِش سوٗنٛبرٕن آسہٕ داریاہٕن زبانَن مَنٛز تہٕ خال خالے۔
یہٕ کَتھ چھےٚ اَسہٕ کاٗر دوگُناوان زِ نعت کِس وسیع پَس منظرس مَنٛز چھےٚ
کاٗشِر زبان پَتھ پتوسہٕ روٗزمٕژ ــــ اَسہٕ چھُ یُقین زِ لولہٕ داٚلِ کرٕن یتہٕ سوٗنٛبرٕنٕ
اُچھَر دالِن ہِشدِس جالارس پیٛٹھ جلے تہٕ اُسی وَنو ع

اُس نے خوشبُو کی طرح میری پذیرائی کی

محمّد یوُسف ٹینگ
سیکرٹری

سرینگر
۹ مارچ ۱۹۸۶ء

# گوڈنِتھ

اِسلامہٕ کہِ ظہوٗرٕ سیتی یوٚسے علم و عرفانٕچ روشنی کاینا تس پھیپر تہٕ نوٚین نوٚین جوٚین آبِ زُلال ژھٕنٛڈ مارنہٕ لوٗگ تمَن مَنٛز چھُ گوڈنیک سُہ عظیم کارنامہٕ یُتھ "علم الرجال" لوٗکَن متعلق علم ناو پیو۔ یہِ چھِنے تمَن لوٗکَن ہنٛز پوٗرٕ زان یِموٚ نبی اکرمؐ سٕندِ حدیثَن روایت کٔریا حضوٗرَنؐ متعلق کانٛہہ کتھا باوٕ۔ تہٕ پَتہٕ آے مُحدِث، مُجتہد، مُبلغ، فقیہہ، حکیم، طبیب، علم کیمیا، علم ابدان تہٕ علم ادیان زانَن والی بارسس۔

شعر گوئی اُس عربَن ہُنٛد میراث، اسلامہٕ برٛونٛہہ آسی عربی زبٲنی ہنٛدی بڈی بڈی شاعر ناو پادٕ کٔرِتھ گٲمتی۔ مگر قرآن کریم نٲزل سپدنہٕ پَتہٕ ژِھچہٕ واریاہ شاعر دِ پننہِ بیاضہٕ، اَتھ برٛونٛٹھہٕ کنہٕ زونکھ پَنُن کلام ہیچ۔

فَصاحتَس تہٕ بلاغتَس مَنٛز اوس نہٕ اَمہٕ زبٲنی ہِندین ماہرَن تِمہٕ دوٚہہ کُس عالمَس مَنٛز کُنہِ جایہِ تہٕ جوڑ۔ عرب اُسی غیر عربَن عجمی (گٔنٛگ) وَنان۔ مگر خدایہٕ سٕندِس کلامَس برٛونٛٹھہٕ کنہٕ ترٛاوی یِموٚ تہِ ہتھیار۔ حضرت ابوبکرؓ تہٕ اُسی شاعر تہٕ حضرت علیؓ تہٕ تہٕ واریاہ بیٚنے حضرات تہٕ اُسی پرٛتی شاعر، مگر قرآنِ کریمہ کہِ نٲزل سپدنہٕ پَتہٕ زون یِموٚ زِ نہٕ چھُ اَتھ ہیوٗہ کلام پادٕ کٔرِنۍ ممکن۔

تہٕ نہٕ چھُ کانٛسہِ ہُنٛد یہِ طاقتھ تہٕ حوصلہٕ زِ ترٛٹہٕ میچھہٕ زَبٲنی مَنٛز ہیکہِ اَسرارَن تہٕ رموٗزَن ہُنٛد سوٗدُر موختصر تہٕ سادٕ لفظَن مَنٛز وَیپہٕ راٲوِتھ۔ اَدے چھُہٕ حضوٗرَن ہنٛدِس عہدس مَنٛز کانٛہہ بوٚڈ غزل گو شاعر وۄتھمُت۔ تہٕ کیاز اِسلامَن بَدلوو زِندگی ہُنٛد نظریہٕ۔

حضرتِ حسان بِن ثابت آو شاعرِ دربارِ نبویؐ مانٛنہٕ تہٕ سُہ اوس یا نعتیہٕ قصیدٕ وَنان یا اِسلامی نکتہٕ خیال شعرَن اندر تِمَن مُخالفن ہنٛدِس جوابس مَنٛز وَنان یِم اِسلامَس پیٹھ باتَن مَنٛز حملہٕ اَسی کران۔ آنحضرتنؐ دِژ حضرتِ حسانسؓ پانَس سیتی مِنٛبرس پیٹھ جاے۔ مسجدِ نبوی کِس محرابس مَنٛز تہٕ اَسی تِمَس اِستادٕ روٗزِتھ یِتھو شعر وَنہٕ نِک اِجازت دِوان۔

حضرتِ حسانسؓ باتَن مَنٛز جہاد کرنہٕ دِنہٕ سیتی کوٚر حضوٗرؐ اَمہِ کتھہِ ہُنٛد اعتراف زِ اِسلام چھُ تِتھِس کلامَس جاٲیز زانان یُس اخلاقی تہٕ اِسلامی قدرٕ برقرار تھاوِ۔ تہٕ اَمہِ قسمکۍ شاعر چھِنہٕ تِمَن گونماتَن مَنٛز شُمار یِمَن متعلق قراٲنَن فرموٗد "الشعراء یتبعھم الغاوٗن" زِ شاعرَن ہنٛز پاروٗی چھِ گمراہ لُکھ کران۔

عشق چھُ ابتداہ پیٹھے اِنسانَس جذباتَن جوش دِوان روٗدمُت۔ تہٕ یہِ چھُ ہمیشہٕ جنب۔ خاہشَن [illegible] نِک سبب بنیوٗمُت۔ اَمی چھِ پرتھ زمانَس [illegible] وَلس [illegible] دَرفتار تھوٚوِمتی۔

عرب اوس اخلاقہٕ نِشہٕ دوٗر یوٗمُت، یِم اَسی حَرم پاکُک طواف تہٕ ننٛگے

کران ، شراب چیوُن تہٕ بدکاری یِمن پیٹھ نہٕ واتہٕ فخر کرُن اوس یِمن مُردٕ مُسند
پادٲلِشی حق باسان ۔ زُلمن تہٕ اوس نہٕ بدنامی ہُنٛد احساس ، پننی بدکاری باتن منٛز
بوٚزتہ آسہٕ نہٕ تِمہٕ رسوا گژھان ، تِمن اوس اَمہٕ سیٚتی زیادے بوش کھسان ۔

اسلامہٕ کِس گاشس منٛز تورِ عربن فکرِ عصمت کیٚتہ چھ دپان ، رُت
چال چلن کیاہ گو ، اخلاق کیٚتہ پیوٚ ناد ، شریف تہٕ مُہذب زندگی کیٚتہ چھ دپان ۔
شاعرن چھٹی قلم تہٕ زیوٚ کلےٚ ٹیکھ ، تِمن منٛز جنسی شاعری ہُنٛر لۓ ، تِمن سۭپُد
عشقِ الٰہی تہٕ عشقِ رسول غالب ، مُناجاتن تہٕ نعتن ہُنٛد دور آو ۔ حضرتِ حسانؓ
حضرتِ زیدؓ بن حارث ، حضرت کعب بن زہیر تہٕ بیٚیہ کینٛہہ شاعر سۭپدۍ
اَمہٕ قافلکۍ سالار ۔ نوٚوے ادبی فضا سپُن قایم ۔

گوڈنیک مشہور مُناجات یوٚر حضرتِ ابوبکرنؓ آنحضورنؐ برونٛہہ کنہٕ ،
آخری بیاتس (مقطعس) پیٹھ کوٚر کھ حضوٗرو اِرشاد ، زِ صدیقِ عاصی بدلہٕ ونو
صدیقِ اکبر ، تہٕ امی ساعتہٕ پیٹھ سپُد حضرتِ ابوبکرسؓ صدیق اکبر تخلص تہٕ
تہٕ خطاب تہٕ ۔ تہٕ یتھہٕ کٔنۍ سپُد مناجات دربارِ نبولیسؐ منٛز شرفیاب ۔

حضرتِ حسانسؓ شعر ونہٕ نِس پیٹھ قدر کرنہٕ سیٚتی ، شعرس جہادچ کام
ہینہٕ سیٚتی تہٕ کعبؓ بن زہیرس قصیدہ بانت سعاد بوزناونس پیٹھ رِدا
عطا کرنہٕ سیٚتی کُر حضرتو نوِ تسبیح با مقصد تہٕ اخلاقی شاعری تسلیم ، یوٚسہٕ
اِنسانس بُلندی کُن رہبری کران چھےٚ تہٕ یتھہٕ نیک تہٕ برگذیدہ بنٛدٕ پتہٕ
پلکان چھہٕ یتھین شاعرن پیٚو "تلامذالرحمان " خدایہٕ سنٛدی شاگرد ناو ۔
یِم چھہٕ سوے تبلیغی تہٕ اخلاقی علم برونٛہہ کُن پکہٕ ناوان ۔ یمنیک وُتہٕ ہاوُک

خدایہ سُند کلام چھُ، یہ چھُنے تمہٕ شاعری نِشہٕ بلکُل مختلف یوسہٕ شرانکچ جنسی تہٕ جذباتی بے راہ روی ہٕندٕ شاعری چھُنے۔

مناجات تہٕ نعت سپدی حضوٗرن ہندی سے دورس منز شروع مُناجات چھ نعتو نِشہٕ کم وننہٕ آمتی۔ شاید اوہ موکھ زِ مسلمانس چھُ باسیومت زِ عشقِ رسوٗلٕچ چھ عشقِ الٰہی کُن رہبری کران تہٕ یہ چھُ تمہٕ قرآنی ارشادُک نتیجہ یتھ منز خُدائے پاک ارشاد چھ فرماوان، زِیُس اکھا مے سٕتی محبت کرِتھ چھُ یژھان سہ کرِن محمد رسول اللہ ہٕندِس پاروی تہٕ کرِ تمس سٕتی محبت۔ یہ تھون سہ ٹوٹھ۔

نعت چھُ گوڈنیتھ حضوٗرن ہندی چیچہ بابن جناب ابو طالبن ووٗ۔ نمُت تم اُسی پننیٚن فرزندن نصیحت کران زِ محمدس سٕتی صحبت کرِو۔ تمن نِشہٕ ہیچھو برتی اخلاق۔"

نعتیہ کلام آو پرتھ زبانی منز لیکھنہٕ، نظمس منز تہٕ تہٕ نثرس منز تہٕ مسلمانو تہٕ کرٕ حضوٗرن ہندی تعریف تہٕ غیر مسلمو تہٕ۔ تہٕ یہ چھُنے حقیقت زِ کانہہ تہٕ اکس انسانس آیہ نہٕ یژھ تعریف کرنہٕ یژھ حضوٗرن ہٕندِس شانِ اقدسس متعلق کرنہٕ آیہ۔

نعتن اندر چھ اکثر نعت گوٚیہ ہٕندٕ عرفانی کیفیت تہٕ باطنی بُلندی ظاہر سپدان، یہ کتھ چھُنے بزرگان دینٕکٕن ہندٕن نعتن تہٕ عام مسلمانن ہندٕن نعتن منز صاف لبنہٕ یوان

محمد مُصطفےٰ ہٕندِس شخصیت پوٗر پوٗر زانہی چھُنہٕ کانہہ فردِ بشرٕ

سُنٛد مجال۔ حقیقت چھُنےٛ پی خداوندِ کریمے یوت زانہٕ شانِ مصطفےٰؐ!

نعتن ہُنٛد اَدبی سرمایہ چھُ اَسرارو تہٕ رموزو بٔرتھ۔ عرفانہٕ چوٚموختہٕ مالو سیٚتی پارٕ اٲوِتھ، یہ چھُ تیوٚت وسیع سمنٛدر ییٚمکی کینٛہہ قطرٕ مےٚ سوٚمبرِتھ پیش کرنٕچ کوٗشِش چھنے کٕرمٕژ۔ سمنٛدر چھُ اتھاہ، لہرٕ ہاران، پٔژِتھ وِزِ ہُران تہٕ وُسعت لیَان۔

مےٚ سپز نعتن ہٕنٛز سوٚمبرن کرنٕچ سعادت یُہس حاصل یِنٛداُہہ صدی ہجری ہنٛدی تقریبات مناونٕکی سنٛسز آیہ پٔژتھ جایہ کرنہٕ، تہٕ کشمیر کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ طرفہٕ آیہ مےٚ نعتہٕ سوٚمبرن کرنٕچ کام سُپرد کرنہٕ۔

مےٚ ترٲوِ سارِنے اَدبی مصروٗفیژ تہٕ یہ نیک کام رٔٹم در دست۔ خیال اوسُم یُس بزرگس تہٕ بٔہ استدعا کرُس کرنہٕ بخل۔ مگر یہ کوٚرس گوڈنِکہِ دِے کینٛژرو حضراتو مویوٗس۔ اَسہِ وٕنو بُتھو کوٚر تمو وَدٕون جواب مےٚ دستی حوالہِ۔ وونٛکھ یہ شخص اَسہِ نِشہِ آسہِ تہٕ تھوٚو وٕ پیش کٔش، مگر شرط چھُ ژٕ نیٚیی پیٚیی سون تام تکلیف کٔرِن تہٕ آرامہٕ سان بِہِتھ نقل کٔرِن! کینٛژرو دوٚپُم۔ بابا! سون یِتھ کرِتہٕ ژکُس کُس نعت گرکھ پسنٛد۔ نقل کرِتھ ژٕتے نِشہِ واتناوُن گیہ ساٗنی کام! کینٛژرو کوٚرُم وعدٕ اُمی واتناوِ دےِ سورُے ذخیرٕ پانے، ژٕ نسے دِموٚے نہٕ تکلیف۔

پبلک لائبریری ییٚتھ گوس، سوٚ وُچھم پٔژھو نعمژو نِشہِ خٲلی، تتہٕ نِیوٚم آسہِ تے کانٛہہ نسخہٕ اَمہِ قسمک سُہ آسہِ سنٛٹرل لائبریری منٛز یونیورسٹی سوٗز نہٕ آمُت۔

موٗلِس گژھتھ پھیوٗرس کُتب فروشن، اَکھ حِصہ گُلشن نعتُک ڈراو فاروق اینڈ سنزس نِشہِ مہاراج گنجہٕ۔ تِتھ بوت وُچھم تمہ شوقچ نیٚزٕ باقی یوسہٕ مرحوم نوٗر محمد کُتب فروشس سینس گرم تھاوِتھ اُس۔

بہر حال اور یور پھیر تھ گیم گوڈنیچ اُمید بُرزٕلہ چہ مسجد ہندس پاکیزٕ باطن مُتولی سید غلام محمد اندرابی صابُس تہٕ امام مسجدُس نِشہِ۔ یِمن ییٚژ ہٕنا پانس نِشہِ اُس سوٗ کرِہم حوالہٕ تہٕ مےٚ تُل تمیُک فایدٕ۔ شاعر و تہٕ مُصنفو مَنٛزٕ کُر جناب میر غلام رسول نازکین ییٚژ مہربٲنی زٕ کینہہ چیدٕ نعت ہیتھ آو سُہ میٲنِس مکانس پیٹھ بُرزوٗل اَندر۔

مےٚ کوٗر اَمہٕ موٗلِس کُن حالُژ ہُند اظہار پنٕہ نِس پیرٕ بُزرگوارس جناب عبدالقادر کُبرِویس نِشہٕ، تِمو دیُتم دِلاسہٕ زٕ نا اُمید سپدِتھ چھ اِنسان یقیناً یا اُمید سپدان۔ حوصلہٕ گژھہٕ نہٕ ہارُن۔ ستی دیُتہم اَکس تِتھس شخصہٕ سُند پئے، یُس کچھرٕ ہندس خُشک صحراوس مَنٛزٕ اُستھ آب حیاتُک دِلداد چھُ، پئے لوٚبمس ہائی کورٹس مَنٛزٕ۔

مےٚ نٔنیوو وَری وادن۔ چھےٚ اَمی صاحبن نعت جمع کرنچ کام کرمژ۔ نہایت چیدٕ چیدٕ نعت، بُزرگن تہٕ اولیاء اللّٰہن ہُند نعتیہ کلام۔ سُہ موٗلُل تہٕ نایاب ذخیرٕ یُس یٔژی پاٹھی اَکہِ رِژہِ زِندگی ہُند سرمایہٕ حیات گنٛزٕراونہٕ ہیکہ ییتھ۔

کانٛہہ پس وپیش کوٗر نہٕ اَمی لولہٕ مَتی! کُونزٕ لٲجِن اَلمارِ تہٕ بڈ کاغذ بوہ دراہ کڈِن۔ یِتھہ پننہٕ اَتھہٕ قیمتی کاغذس پیٹھ نقل کرِمتی نعت مےٚ برٛونٛہہ کُن

تژاوِن ۔ نہ موٚنگنم معاوضہٕ ۔ نہ یوٚژھن خوشامد ۔ نہ ہاوِن ناو پاد کرنٕچ
خاہش ۔ فَقَط دوٚپُن مےٚ حضرت اُس خاہش پانہٕ نعتن ہُنٛد مجموعہٕ شایع
کرنٕچ ۔ چونکہِ اَتھ آو ووٚنی رُت قدردان تہٕ اَکہِ اِدارکہٕ طرفہٕ سپد پرتہٕ
احتیاط چھاپ ۔ مےٚ سپز خوٚشی ، یہِ مےٚ نِشہِ چھُہ تہٕ یہِ مےٚ دستیاب
سپدِ سہ تھوودِ یہ خاطر ۔ اَمس فدائے محمدس چھُہ نذیر احمد ناو ۔ نذیر صابُن
یوٚتاہ شکریہ یہ کرِ تیوٚتاہ چھُہ کم ۔

چو ذرہ ذرہ شوٗد این تنم بہ خاکِ محمدؐ
تو بشنوی صلوات از جمیع ذرا تم

میرزا عارف

بشیر اختر

# مدحِ رسولؐ

## (مختصر جایزٕ)

سورۃ الاحزابس منز چھُ خداوند کریم سُند ارشاد : اِنَّ اللّٰہَ وَمَلٰئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ ؕ یٰٓاَیُّھَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَیْہِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِیْمًا (پانہٕ خداے تہٕ تٔہنٛدی ملایک چھِ نبی صابس درود سوزان۔ اے ایمان دار لوکو توہیہ تہٕ سوزِو تِمن درود تہٕ سلام)۔

چنانچہ چھُ پایہٕ بڑِس نبی سُند گوڈنیک نعت خوان پانہٕ خداوند تعالیٰ۔ سُہ چھُ اُمِس ناتھی ہٕنٛدی گوٕن گیوان وَنان : لَقَدْ جَآءَکُمْ رَسُوْلٌ مِّنْ اَنْفُسِکُمْ عَزِیْزٌ عَلَیْہِ مَا عَنِتُّمْ حَرِیْصٌ عَلَیْکُمْ بِالْمُؤْمِنِیْنَ رَءُوْفٌ رَّحِیْمٌ (مےٚ ژور توہی لوکو اندرٕ تیٚتھ اَکھ رسول یَس تٔہنٛدی دوٗکھ وُچھتھ ذرٕ ذرٕ چھُ گژھان۔ یَس صرف یہِ تمنا چھُ زِ توٚہی آسو پایہٕ جا۔ سُہ چھُ پزِ تہٕ اُکِس مومنہٕ سٕنٛد باپتھ شفیق تہٕ مہربان۔)۔

ظاہر چھُ زِ اُمِس محسنِ انسانیتؐ سٕنٛدی گوٕن یوتاہ تہٕ بنی آدم گیو تیوت چھُ کم۔ یہِ نبی آو عالمینن کیٚتھ رحمت، مُسلمانن خاص کٔرتھ یِس لول تہٕ لیوسہٕ عقیدت اُمِس پایہٕ بڑِس شاہنشاہس سٕتی چھےٚ، تمہِ کے دیٚت چھُ زِ مُسلمانن منز مروج پزِتھ زبانَن تہٕ ادبس اندر چھُ نعتیہ

سرمایہ دوہ کھوتہ دوہ ہُران۔ نعت لیکھنی تہ نعت پرٕنی چھ سیٹھاہ مُقدس ہیشہ تہ کرور واد لُوکھ چھِ نعتوٗ ذریعہ اُمِس پایہٕ بُڈس شاہنشاہس عقیدتُک نذرانہ سوزان۔

مُسلمانن اندر چھ عربی زبانی خاص تقدس حاصل نہ صرف اَوٚ سببہٕ زِ اتھ زبانی منٛز سپُد قرآن مجید نازل بلکہ اَوٚ موکھ تہ زِ پیغمبرِ خدا صلی اللہ علیہ وسلم تہ تہنٛدی صحابہ کبار آسی یہے زبان بولان عربی زبانی اندر لیکھنہٕ آمتی نعت تہ درود چھِ مُسلمان تِتھے کٔنۍ اَتھہ تہ بُتھ چھلتھ تہ باادب روٗزتھ پران یِتھ کٔنۍ قرآن مجید پرن ورِیا بوزن وزِ باوضو پاٹھۍ بیہان چھِ۔ عربی زبانی اندر چھِ ساسہ واد نعت تہ سارِوے برٛونٛہہ آو نعت عربی زبانی منٛزے لیکھنہٕ۔ نعت لیکھنُک یا وَنہٕ نُک ابتدا سپُد اول صدی ہجری کیُت بلکل تمی وقتہ ییلہٕ پیغمبر خدا صلی اللہ علیہ وسلم مکہٕ پیٹھہٕ ہجرت کرِتھ مدینہ شریف واتی۔

ییٚمہ ساتہ مہاجرن ہُنٛد یہ قافلہ مدینہ شریفس اندر داخل سپُد، مدینہ کین کوچہ گلین پیٹھ آسہ انصارن ہنٛز لوکچہ تہ معصوم کورٕ دُری گنٛڈتھ وو دنی۔ تمہ آسہ پھِری پھِری یمہ وَنہٕ وَن ہُری گیوان تہ خاصہ پُرِ ہس استقبال کران ؎

طلع البدر علینا من ثنیات الوداع

وجب الشکر علینا مادعا للّٰہ داع

ایھا المبعوث فینا جئت بالامر المطاع

(ساتہ پتھ کُھرِ پھل ژٔنٛد رہش زوٚن۔ یہ زوٚن دراو وداع کیو سنگرو نیٚتہ کنۍ۔ اُسی برونہٕ شادی زِ ساتس پزٕ ژھنس روٗد او برٕوے اَسہٕ کُن ییٚنہ والہ خاصہ پُرِ ژھ۔ دوہ لہٕ اُسو دارو کمن گوش۔)

صحابہ کبارن اوس رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن سٕتی قربتُک شرف حاصل۔ تم اسی صبح و

شام تذکارِ رسوٗلس سیتؠ آو رِہ آسان۔ یِمنے تذکارن ہُنٛد نتیجہ چھُ زِ صحابہ کبار و چھ پیغمبر صاحبنٛز اکھ اکھ حرکت تہٕ حلیہ مبارک پوٗرہ تفصیلہٕ سان وپرٛتھنیھ بیان کوٗرمُت۔ احسان جتلاوٗن تہٕ تحدیثِ نعمت کرُن چھُ حکم خدا۔ تہٕ تذکارن اندر چھُ یِمنے احسانن ہنٛد بیان یِم احسان بنی آدمس پیٹھ پیغمبر خدا صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛد ذٕ دسی سپدی۔ سیرت رسولؐ تہٕ اسوۂ حسنہ یِمن اندر چھُ رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن متعلق تفصیلات تمام تر تواریخی شواہدٕ ہیتھ بیان کرنہٕ آمتی تہٕ یِمنے تذکارن ہُنٛد ذِکر چھُ بٔڈ پاٹھۍ نعت خوانی منٛز بیان سپدان۔ مثالہ پاٹھۍ حضور صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛز ولادت، تہنٛد خاندان، زمانہ تہٕ تتھ زمانس اندر عرب تہٕ عربہ نیبرٕ مہ دُنیاہچ حالت۔ اسلام تہٕ تمیُک بجر۔ پیغمبر خدا سنٛدی اوصاف تہٕ اخلاق۔ بہ سورٕے تفصیل چھُ چہار یار با صفا ہو علاوہ حضرت بلال حبشیؓ حضرت سلمان فارسیؓ ابوذر غفاریؓ تہٕ باقی اصحابو بیان کوٗرمُت تہٕ تبع تابعین رٕوٗدی یِمنے تفصیلاتن ہنٛد استفادٕ کران نسل در نسل گٔے یِم منتقل، یِمن سپد مختلف زبانن اندر ترجمہ۔ احادیثن ہنٛدی سپدی الگ الگ مجموعہ مرتب تہِ۔ یِمے تفاصیل مدِ نظر تھاوِتھ آے نعت لیکھنہٕ یِمن اندر اوصاف حمیدہ بیان کرُن وِز صداقت بیانی پیٹھ زبرٕ دس زور آو دِتہٕ۔

قصیدٕ گوئی چھُ ادبُک اکھ بڈوٗن صنف اما پوٗز نعت گوئی تہٕ قصیدٕ گوئی منٛز چھُ سیٹھا بٔڈ فرق یہ زِ قصیدٕ لیکھن وول چھُ ممدوح سنٛدی تعریف کرُن وِز زبردس مبالغہ آرائی ورتاوان۔ سُے قصیدٕ چھُ کامیاب بوان مانٛنہٕ ییٚتھ اندر زبردس زور بیان تہٕ حدٕ رُس مبالغہ آرائی آسہِ۔ اکھ مقابلہٕ چھُ نعت سے

شعرا کہ نتواں بیک آہنگ سرودن
نعت شہہ کونین و مدیح کے و جم را

عربی نعت گو شاعرو منز چھِ حضرت حسان بن ثابت رضؓ یِنٛدِ نعتن سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ مقبولیت حاصل۔ یمن سپدٕ دُنیاہ چِن واریاہن زبانن اندر ترجمہٕ۔ حضرت حسان رضؓ بن ثابت آسی صحابی تہٕ تہنٛز گرٕ واجینی شیرین آس رسول اللہؐ سٕنٛزِ زوجہ مطہرہ حضرت ماریہ رضؓ سٕنٛز بینہٕ۔ حضرت ماریہ رضؓ اس فرزندِ رسولؐ حضرت ابراھیم رضؓ سٕنٛز والدٕ۔

روایت چھِ زِ حضرت حسان بن ثابت رضؓ یِلہٕ تہٕ نعت لیکھہٕ مَن، ضرور آسی پیغمبرؐ سٕنٛدِس خدمتس منٛز حاضر سپدان۔ اَمہٕ عَلاوٕ چھِ حضرت ابوبکر صدیقؓ، حضرت علی مرتضےٰ رضؓ، عبداللہ بن رواحؓ کعب بن زبیر رضؓ تہٕ حضرت عباس بن عبدالمطلب رضؓ تہٕ تِھکی لایق نعت وُنی ہِتی۔

سَتمہِ صَدی ہجری منٛز ووتھ مصرس اندر محمد بن سعید بوصیری ناوُک عظیم نعت گو۔ اُمی لیوٗکھ قصیدہ بُردہ ناوُک عالمی شاہکار۔ یُس بوصیری سٕنٛز کٔتھ چھِ ہے

خدمتہٗ بمدیح اَستَقِلُ بہٖ
ذنوب عمرٍ مضی فی الشعرِ والخدمِ

(یہ قصید کوٗر مےٚ جناب رسالت مآب سٕنٛدِس خدمتس منٛز یہ آش ہیتھ پیش زِ از تام یُس وآنس دربار دآری منٛز چھیٚمی کرٕم تہٕ اَتھ وآنسہِ اندر یم گوناہ زٕ نم تمن سپدٕ م عفو۔)

قصیدہ بردہس چھِ ۱۶۵ شعر۔ یمن چھِ تیوٗت اثر زِ مشآیخو کوٗر یہ اوراد تہٕ وظیفن منٛز شآمِل۔ کُنی یا طرزٕ کٕ قرأت کرٕنہٕ ہٕس رآیج تہٕ پرٛتھ شعرس اندر لُبی مَس ہیتہٕ بٔڈی فضآیِل۔

عرب تہٕ مصرٕ عَلاوٕ چھِ باقٕے مُلکن اندر تہٕ عربی پأٹھی نعت لیکھنہٕ آمٕتی یمن منٛز ایران تہٕ ہندوستان شآمِل چھِ۔ کشیرِ اندر چھِ مُسلمانی ہِنٛدی بانی میر سید علی ہمدانیؒ۔ سارِوٕے برٛونٹھ دِتیت

تِمہٕ وِے یٔمِتہٕ مدح رسولؐ لیکھنک رواج۔ حضرت امیرؒ سٕند فارسی نعت "کعبہ دل آفتاب روئے اوست" چھُ شہرِ سرینگرکِس تقریباً ترتھ بقعہ عالیس منز باقاعدگی سان پرنہٕ یوان۔ حضرت امیرنٕ لیکھِ عربی نعت تہٕ تِمو علاوٕ چھِ۔ شیخ یعقوب صرفیؒ، بابا داوٗد خاکیؒ، مرزا اکمل الدین بدخشیؒ، خواجہ حبیب اللہ نوشہری ہِی بزرگانِ دینن عربی پاٹھی نعت لیکھمٕژ۔

کشیرِ اندر ووت اسلام ایران چہِ وَتہِ۔ دینِ اسلامک تبلیغ کرن وٲلؠ آے یِژٕ پاٹھی ایران پیٹھے۔ تہندے توسطہٕ لوٗگ یتِہ فارسی زبانہِ چلیے جاو۔ یہِ زبان نہ صرف بنے یہ درباری زبان بلکہ سپنز عام لوکن اندر تہِ مقبول۔ فارسی زبانہِ منز اوس نعتیہ ادبک سیٹھاہ بوڈ ذخیرہ موجوٗد۔ امہِ زبانہِ ہندیٚ ہم تہٕ بڈی شاعر چھِ یِمو چھِ سارِوے نعت لیکھمٕژ۔ خصوصی طور جامیؒ، سعدیؒ، قدسیؒ، نظامیؒ تہٕ رومیؒ یہندِ نعت نہ صرف سپدی کاشرن اندر مقبولے یا آ ملکہ کرٕ اکثر کاشرو شاعرو مشہور نعتن ہندی تضمین لیکھنچ تہٕ کوشش۔ جامیؒ سٕند مشہور نعت چھُ ؎

نسیما جانبِ بطحا گزر کُن ۔۔۔ زاحوالم محمدؐ را خبر کُن

کاشرِ شاعر ثناء اللہ کریری ین لیوٗکھ امی نعت شریفک تتبع کران یہِ نعت ؎

ہاواوٕ وا نکھنا توٗتے یتِہ ڈاپھ تراوِتھ مصطفیٰ[۱۴]

احوال میون تس وَنکھ شے ہوکر ہم دادِن دوا

عام لوکن اندر لوٗب کریری صابنِ نعتن شے تقدس یُس جامی سٕندِس نعتس چھُ۔ سانین مسجدن منز چھِ نمازِ گزار دعائے صبحس ستی ستی یِژٕ پاٹھی یہ نعت شریف پران۔

عشقِ رسول تھاون والین چھُ قدسی سٕند یہ نعت تہٕ زبان زد ؎

مرحبا سید مکی مدنی العربی

خدَازانان زِ قدسی یِس کوسہِ والہانہٕ کیفیت آس تمہِ وِزِ ییلہِ نعت تھٔنہٕ یِہو۔ یہِ نعت یُسے بوزان چُھ تُسی زَن چھِ وآنجہٕ تھیمہِ ہش لگان۔ اُمِچھِ اندر چھُس اوٗش ہٕکہٕ یوان تہٕ جوش تہٕ جذبہٕ کِس سمندرس مَنز زَن تہٕ چُھ بےٚ حُکمی غرق سپدان۔ امہِ نعتہٕ کہِ مقبولیتُک انداز ہیکہِ یہِ کتھ مدِ نظر تھٔوِتھ کرِنہٕ یتھ زِ تقریباً چھِ اُردو زبٲنی ہِندی یِر تھ کاتشہِ نعت گوشاعرن امہِ نعتُک تضمین لیٖو کھمت ــ سارِنے تضمینن ہُند مجموعہ چُھ "حدیث قدسی" ناوِ چھاپ تہٕ سپدِ مُت۔ امہِ نعتُک تضمین چُھ مرزا غالبَن نہٕ کوٗر مُت تہٕ یتھ شمارس مَنز چھِ تُسے تضمین شامِل کرِنہٕ آمُت۔

شیخ سعدی شیرازی سُنز یہِ نعتیہ رُباعی چھنے عربی زبٲنی ہُند شاہکار ؎

بلغ العلیٰ بکمالہٖ کشف الدجیٰ بجمالہٖ

حسنت جمیع خصالہٖ صلّو علیہِ و آلہٖ

امی نعتیہ رُباعی ہُندِ پرتو چھِ یم شعر تہٕ ؎

یا صاحب الجمال و یا سید البشر من وجہک المنیر لقد نور القمر

لا یمکن الثناء کما کان حقہٗ بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

فارسی شاعرن مَنز چھِ مولانا جامی صفِ اوٗلکہ نعت گو۔ اُہِندی اکثر نعت چھِ صوفیانہٕ لبہٕ اندر گنڈنہٕ یوان۔ خاص کرِتھ کاشرِس صوفیانہٕ فن کار مرحوم محمد عبداللہ تبت بقال سُند گیوٗمُت جامی سُندِ یہِ نعت چھُ سیٹھاہ مشہور ؎

یا رسول ہاشمیؐ باداِ فدایت جانِ مَن

اُردو زبٲنی ہِندی مشہور شاعر اختر شیرانی ین چھِ جامی سُند نعت "نسیما جانب بطحیٰ گذر کُن" یتھ کنہٕ اُردو زبٲنی اندر پھیر مُت ؎

اگر اے نسیمِ سحر ترا ہو گزر دیارِ حجاز میں
میری چشمِ تر کا سلام کہنا حضورِ بندہ نواز میں
تمہیں حدِ عقل نہ پا سکی فقط اتنا حال بتا سکی
کہ تم ایک جلوۂ راز تھے جو یہاں ہے رنگِ مجاز میں
نہ جہاں میں راحتِ جاں ملی نہ متاعِ امن و اماں ملی
جو دوائے دردِ نہاں ملی تو ملی بہشتِ حجاز میں

مولانا رومس مثنوٗی چھِ "ہست قرآن در زبانِ پہلوی" تہٕ وَنان۔ رومی سٕندی نعت چھِ اکِہ حسابہٕ قرآن مجید کے تفسیر۔ اَمہٕ سٕندین نعتن منٛز چھُ عاشقانہٕ جوش، جذبہٕ تہٕ حال ہم چھِ عارفانہٕ سرمستی سیتی مالامال۔ مولانا رومس سٕندۍ ہم عصر چھُ امیر خسروٗ دہلوی۔ یہ زاو ہندوستانس منٛز امالپوٗ زفارسی داٰنی اُتھس خونس اندر۔ اَمہٕ شاعری اندر چھُ ہندوستان کہو ایران دوشونی تہذیبن ہُند امتزاج۔ امیر خسروٗ سٕند لیوٚکھمت مشہوٗر نعت "شب جائے کہ من بودم" چھُ بُڑ پاٹھۍ قوالی ہٕندس طرزس پیٹھ گیونہٕ یِوان۔ امیر خسروٗ اوس نہ صرف فارسی زبانۍ ہُند عظیم شاعر بلکہ اوس تس ہندوستانی زبانِ پیٹھ تہٕ زبردست عبوٗر۔ خسروٗ سٕندس زمانس منٛز اوس شمالی ہندوستانس منٛز کھڑی بولی ہٕند چلنے جاو یِوسہٕ پتہٕ اُردو زبانۍ ہٕند ماخذ تہٕ بنیہ۔ تقریباً اُتھی زبانۍ اندر آیہ نوٚو مہٕ صدی ہجری ہٕندس آغازس منٛز "مثنوی کدم راو پدم راو" لیکھنہٕ۔ اَتھ مثنوی اندر چھُ سارِوے برٛونہہ حمد تہٕ تو پتہٕ نعت درج شاید چھُ یہے اُردو زبانۍ ہٕند گوڈنیک نعت۔ کہہ مہٕ صدی ہجری منٛز دُکھ حیدرآباد دکنس اندر کیٛہہ پا شاعر۔ یمن منٛز ملا وجہی، قلی قطب شاہ بیتر شامل چھِ۔ سارِوے شاعرو چھِ پننین مثنوین ہٕند آغاز حمد باری تعالیٰ پتہٕ نعت شریف سیتۍ کوٚرمت۔ یتھہٕ کنۍ سپُد اُردو زبانۍ اندر نعت لیکھنُک ابتدا

مثنوی لیکھنہٕ کٔرۍ۔ یہ رواج رود ۱۰۷۹ھ تام تہٕ کیٛاز اَتھی سنٛس اندر آو اُردو زبٲنۍ ہٕنٛد گوڈنیک معراج نامہ لیکھنہٕ تہٕ لیکھن وٲلۍ اوس ناو بلاقی حیدرآبادی۔ مثنوی ستۍ نعت نظمٕ تھاوُن بنیوو رواج تہٕ یہ رسم پوٚل اُردو زبٲنۍ ہٕنٛدۍ تقریباً پرٛتھ اَکھ صاحب دیوان شاعرن۔

مولانا الطاف حسین حالی چھُ گوڈنیک شاعر یمۍ نعت گوئی باقاعدٕ موضوع بناو۔ حالی ہٕنٛدۍ لیکھمٕتۍ نعت "اے خاصہٕ خاصانِ رُسل" تہٕ "وہ نبیوں میں رحمت لقب پانے والا" چھِ مدرس شری تقریباً پرٛتھ دوہ صُبحس پرٛیر منٛز دوہراونہٕ یِوان۔ توٚہیٚ کٔنز چھِ یم زٕ نعت سکول گژھن وٲلۍس تقریباً پرٛتھ بچس وِرد۔ یم نعت چھِ سٹھاہ ساد تہٕ سلیس۔ مولانا حالی یَس علاوٕ چھِ محسن کاکوروی سٕنٛدۍ نعت قابلِ ذکر۔ محسن کاکوروی یَن بنوو پننہٕ شاعری ہُنٛد موضوعٕ نعت گوئی۔

ہندوستانچہ سیاسی آزادی ہٕنٛز تحریکہٕ ستۍ رٕستی بدلیہٕ ہندوستانۍ ادبس اندر لہجہٕ تہٕ تہٕ نظریہ تہٕ۔ ترقی پسند تحریک یوسہ بٔڈ آتی روسی اثرس تَل بارسس آیہٕ، دٔنیت ادیبن ہٕنٛدِس اَکس نوٚس قافلس زٕنم یم یُس پانٛتھ مذہب نِشہٕ نہٕ صرف بے خبر اُسی بلکہ اُسی تم اَکہ حسابہٕ الہامیاتکۍ منکر تہٕ تمہٕ نِشہٕ متنفر تہٕ۔ اکثر ادیب اُسی دہری تہٕ کمیونسٹ۔ اَوۍ سببہٕ رودٕ نہٕ اَتھ دورس اندر نعت گوئی سُہ معول۔ اما پوز تمیک مطلب گوٚو نہٕ ہرگز زٕ نعت لیکھن کیاہ گوٚو یکسر پانٛتھ بند۔ نہٕ کمیونسٹن ہٕنٛدِس اَتھ بے انت تہٕ بے مہار کاروانس منٛز تہٕ وُتھی حفیظ جالندھری، ڈاکٹر سر محمد اقبال، مولانا ظفر علی خان، مولانا حسرت موہانی تہٕ باقے صاحب اسلوب نظم نگار یمو زٕ نعت گوئی نوٚو جہت عطا کٔر۔ حفیظ جالندھری سُنٛد شاہنامہ اسلام چھُ اُردو ادبک اَکھ بہلہٕ پایہ شاہکار اَکھ طویل نظمہٕ منٛز چھُ۔ حفیظ جالندھری سٕنٛد "سلام" یُس اُردو زبٲنۍ ہٕنٛدِس پرٛتھ طالب علمس وردِ زبان چھُ۔

علامہ اقبالس ہٕمیہٕ سٕنٛد بۆچ عقیدت رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم ستۍ اُس تمیک تاثر چھُ تٔسنٛد اکثر کلامس

وہ دانائے سُبل ختم الرّسل مولائے کل جس نے
غبارِ راہ کو بخشا فروغ وادیٔ سینا!

تمۍ چھُ پَنَن سوٗرٕے فلسفہٕ تہٕ عقلیت رسول عربیؐ سٕندِس پایس پیٹھ مبارکن تَلہٕ کَنہٕ گمُر درٲو۔ تِمہٕ تہٕ وٕمتھ
اقبالن چھُ خدایس سٕندس ترجمان بَنِتھ وَنان زِ

کی محمدؐ سے وفا تو نے تو ہم تیرے ہیں
یہ جہاں چیز ہے کیا لوح و قلم تیرے ہیں

آزادی پتہٕ آیہٕ ہندوستان تہٕ پاکستانس اندر واریاہ نعت گو بارسس یِمو مَنٛز یوسف ظفر،
قیوم نظر، جعفر طاہر تہٕ سلیم احمد ہی ناو قابلِ ذکر چھِ۔

کاشُر زبٲنی مَنٛز چھِ نعتَن ہِنٛدی آکار پیٹھے بابہٕ شیخ العالمؒ سٕندِس شرکین مَنٛز نظرِ گژھان۔ حضرت شیخؒ
آسہٕ ریشہٕ مسلکُک معتقد تہٕ اُمہ کِنہٕ چھُ یِہنٛد نعتُک انداز بدٕلِتھ۔ امہ پوٚزِ اتھ چھُ کاشُر رنگ تہٕ تہٕ مِزاز پتہٕ زِ

| | |
|---|---|
| سُہ چھُ سکلن بوڈ پیغمبر | ژٕ تس بوٚوتھ سِرا دا پہٕ |
| سُہ ژٕ شوٗدِمَنہٕ ہیوٚوتھ اندر | چھِہم ژٕ بتس مہربانہٕ |

حضرت شیخؒ پتہٕ چھُ دوٚیُم ناو خواجہ حبیب اللہ نوشہری سٕندیوان۔ یِم آسہٕ حبّی تخلص کران۔
یِہنٛزِ شاعری ہُنٛد رنگ چھُ عارفانہٕ تہٕ لہجہٕ چھُ یِمَن کاشرِ لوکہٕ شاعری ہُنٛد۔ نعتَن اندر چھُ خواجہ صابن یُہے لہجہٕ
وَرتوو مُت زِ

| | |
|---|---|
| آشکارا دزاویے | صوٗرتن مَنٛز ژاویے |
| چھُس محمدؐ ناویے | یارٕ گژھوو دپویے |

محمود گامی چھُ بسیار نوٗیس۔ کاشرِس ادبس مَنٛز روزِ سٕہ پَنٕنو مثنوی لوٚکھِ زِندہ۔ غزل، رووٗ، وَنہٕ وُن بیترِ

صِنفَن مَنٛز چھُ اُمی وارِیاہ کینٛہہ قلمبند کوٚرمُت۔ اُمی چھُ شاید گوڈنِکہِ پھِر کاشرِ ن نعتَن کاشُر ماحول تہٕ منظر بخشمُت سہ
نظر یامتھ ژٕے تراوِتھ سعورمہٕ چھُشمو چھلے لُج بادمَن یا محمدؐ

محمودؔ چھُ نعتَن اندر تعریف تہٕ توصیف کرنہٕ کھوتہٕ عاجزی تہٕ منگہٕ منگ کرنَس زیادٕ رَوادار تہٕ یہِ
چھُ سرتاپا کاشُر مزازٕ سہ

ژٕ کرغم درفع یاحیات النبیؐ مے کرتم شفایا حیات النبیؐ
کرکھ نے شفاعت چھُ کیا چارٕ سون گرژھو مُبتلا یا حیات النبیؐ

شاعرانہٕ حُسن کوتاہ چھُ محمودٕ نہِ نعتَن سعو کتھ اُکیتھ کُن تراوِتھ چھُ یہٕ یتھ کتھ کانہہ شک زٕ یہِ ہینٛد ورد
چھِ کاشرِ زنانہٕ ماہِ رمضانس اندر ڈری گنڈتھ روٗزکرن ورکران۔

رسول میر شاہ آبادی سُند نعت عہ ''سون محمدؐ نورٕ نورانے'' چھُ نعتَن ہنٛدِس یتھ مجموعس منٛز شامِل
یہٕ نعت چھُ موضوع لحاظٕ وفات نامہٕ کِس زُمرس منٛز یِوان۔ اَتھ چھُ روٗزک طرز تہٕ کاشرِ زنانہٕ چھےٚ یہٕ تُتر پاٹھۍ
عیدروٗزِس ہیٛتھ گیوان۔ رسول میرن دِتی کاشرِ شاعری نوٚو انہار تہٕ طرز۔ تہنٛز ترکیب تہٕ زبان چھےٚ بے مثال۔
اَماپوز نعتَن اندر چھُنہٕ تمۍ طبع آزمایی کرمژ۔ تُرے موجوب چھےٚ یہٕ صنف رسول میر نِنوفنی تجرباتو نِشہٕ محروم روزمٕژ۔
بہرحال چھُ محمودؔ گامی تہٕ رسول میرنے بنیا کھ اکھ ہمعصر ولی اللہؐ متو یس پننِس کنزِ عشقہٕ جلاد ہیٛتھ توصیف
محمدیؐ ہیٛتھ قلم چھُ تُلان۔ تمہٕ سُند نعت عہ ''ماری ییمی نفس اماری وآتشخاری یارسولؐ'' چھُ نیازمندی تہٕ سراپا یخلاص ہیٛتھ
لیکھنہٕ آمُت۔ اَماپوز اَدبکۍ تقاضہٕ محفوظ خاطر تھوٚنہٕ باوجود چھُنہٕ یہٕ تیوٗت مقبوٗل۔

قطب الدین واعظ اوس بذاتی ریشی۔ تہنٛد نعت عہ '' شوقی الیک یارسولؐ سلام علیک'' ہرگاہ جدید
نعتکۍ تقاضہٕ کنہِ حدس تام پوٗر کران چھُ اَماپوز امہِ زبان چھےٚ ہیٛتر فارسی آمیز زعام کاشرِس یہٕ نکرٕ تسٕ لٕنی یاد کوٚرنۍ چھُ ہیٛتھے
مُشکل۔ اَتھ نعتس مقابلہ کاشرِس وَنہٕ وُن طرزس ہیٛتھ واعظ صابنۍ یہٕ نعت چھُ کاشرِس مزازس کم کاسہ وَنہٕ وُن سہ

مرتبہ پوٚڈ چھےٚ ساںہٕ سَردارَے        عٔشقہٕ ہٕنٛدیارَے وٕنٛدہ ہوے جان

میر ثناء اللہ کریری سٕنٛد ناوروز کاشرِس نعتہٕ ادبَس مَنٛز تہنٛد یمہٕ مقبول عام نعتہٕ کنٛہِ زِنٛد ع

ہاواو واتکھ نا توٚتے بیٚتہٕ ڈاپھ تراُوتھ مُصطفےٰؐ

اُمہٕ نعتنک بہ شعرہ        اِستادرٕ زِنہ عرض کرنٛ آتشہٕ غریبا ہپو پٕتھر

بے پاو بے سَر بے ہٕنَرِ بے یارو یاور بے توا

صٕدین ہٕنٛد سیاسی، سماجی تہٕ اقتصادی استحصالن ژٕویمُت لاچار کاشر یٚنہٕ نس محسنس گرداوسوزِ نہٕ تہٕ ادٕ کیا کرِ۔

مقبول شاہ کرالہ واری چھ کاشرِ زبانہٕ ہنٛد بر بہار شاعر۔ اُہنٛز لولہٕ مثنوی "گلریز" آسی کاشرِ لوکھ دوہ بَرِتھ شامَس بٔڈ شوقہٕ ذوقہٕ سان پران تہٕ یوزان خاص کٔرِتھ تمن دوہَن ییٚلہ نہٕ عام گرن اندر ریڈیو آسی۔ مقبول کرالہ وارِس چھ نعتن ہٕنٛز الگ رنگ، یمن ہٕنٛز بحر چھےٚ لوکہ طرز ہٕچ، یم چھ رٕٹوتہٕ وہنٛوٕن دوہ شوقٕی طرزن ہیٚتھ گیوان یوان۔ نہ صرف جذبات بلکہ چھےٚ یمن ہٕنٛز لفظہٕ تار تہٕ شاندارہ

ازلی علمکہٕ بحر موٚا جے        ازکہِ اسرار ژیٚنہٕ نش دڑاے

وحچن کرانکھ زن کلمہ کہٕ دراجے        شاہٕ معراجے کرسون پاے

---

چھوکہٕ لدل میٚون زن چشمہٕ سارَے        جگرکہٕ خوٚنہٕ سٕتر تراوا ترا و

نموار چشمہٕ زن چھم آبشارَے        اکہٕ دیدارَے رٕدن تھ و

مقبول شاہ کرالہ وارِس پٕتہٕ چھ عبدالاحد ناظم یمِ سٕنٛدِ نعت وٕنہٕ وٕن کٕہن رٕسٕین طرزن ہیٚتھ لیکھنہٕ چھِ آمتی۔ یمن نعتن اندر چھ عشقُک تہٕ ہجرُک تاو بہٕ دُپ زِنہٕ نار بر ییہ پھکان۔ ع

چھس دوٗر ہیوٚمت گرٕ ھنہٕ رٕدُم یار مدینس

ناظم سٕندِ یہِ نعت چھُ صوفیانہٕ موسیقی مَنٛز تہٕ گنٛدنہٕ آمٕت تہٕ اَمیُک یہِ طرز چھُ نہ صرف بارٕی موٚنٛد بلکہ پُر اثر تہٕ سہ

لوٚتِیل موے ہاواسہِ وات دادٕن ۔۔۔ ذرٕ کونہٕ برٕ آفتابُک چھاو

چھٕنے ناواسہِ بسٕ اَورادٕن ۔۔۔ یا نبیؐ گوش فریادٕن تھاو

مولوی صدیق اللہ سائل تہٕ عبدالوہاب حاجنی چھِ عربی تہٕ فارسی زبانٕی ہنٛدی عالم۔ یمو دوشوے صاحبو

چھِ عربی تہٕ فارسِیُک لہجہِ کاشرِس نعتس مَنٛز وینِہ اوٚنِج کوٗشش کٔرمٕژ۔ سہ

وچھم ہٕژدہ ہزار عالم گرفتار ۔۔۔ بہ یک دل بر درِ آں یار امشب

ہاوزو مولوی صدیق اللہ سٕندِ یہِ نعت چھُ کاشرِس مزازس وِیہٕ وٚن سہ

فرشاہ وَتھرس نورٕ ہِ بنگالٕن ۔۔۔ حوٗرن دِیِہ سوٗر پرنٕم تس

رضوانس دِیِہ فے لدِ پیشالٕن ۔۔۔ دوٚپ لایزالن جبریلس

جن وانسان پینے قبلین تہٕ قالٕن ۔۔۔ ازشاہ لولاک کھسہ ِسالس

سوے شینچھ لوٗزشاہِ تلپتالٕن ۔۔۔ دوٚپ لایزالن جبریلس

پیر محی الدین مسکین سٕندی لیکھی میٛتہٕ نعت چھِ اندازِ بیانہٕ کِنہٕ صاف، سلیس تہٕ پُر اثر۔ مسکین صابنٕ یہِ

نعت چھُ حضرت بل گٔرِ ھن واٚلِس پٔرِتھ زائرس لفظہِ لفظہِ یاد سہ

کیاہ میون جانان سُبحان اللہ ۔۔۔ وَنٛدِہس بوزُ و جان سُبحان اللہ

ییلہِ آستانِ عالیس پیٹھ حاضرِ مباسہٕ یٛدی زائر وَجدس یِتھ نعت پران چھِ روٗح چھُ ہیوان رقص کرُن۔ دِہکی

وٕجارِ چھِ آباد سِیدان تہٕ باسان چھُ زِ ردِ بے زمین کیو خلقو علاوِ چھِ ستن فلکن ہنٛدی ملایکہ تہٕ ماٹھس بنیس ہیٚن خراج

سوز بہٕ بتراز پیٹھ دوٚہ بیٚتھ دِسان۔

مشہور فارسی شاعر قدسی سٕند شہرۂ آفاق نعت "مرحبا سید مکی مدنی العربی" چھُ بیٚیہِ اکھ کاشرِ

شاعرِ پیر عزیز اللہ حقانی ین ییمہ آیہ کاشرِس قالبس اندر پھیر مت سہ

گو جہان تازہ بہ رخسارِ رسولِ عربیؐ
روٗٹ گُلو مشک زِ گفتارِ رسولِ عربیؐ

یہ نعت ییلہ کاشر فن کار چھکرِ ہنر لیہ پیٹھ کھاران چھِ بوزن والین چھِ زن بینہِ گرِ ھان۔ اکھ جلال چھُ ساری ہیے محفلہ ژھٹھ نوان گڈِتھ ع

نیرِ سردارِ عرب جلوہ دوان در عرصات

حقانی سُند اکھ شعر چھِ سہ — سرن سر سون پیغمبر قبا لولاک لب کوثر
لیہ ہے چھُم یا ورِ داورِ لیہ ہے غم خوار چھے میونے

عبدالاحد نادم چھُ کاشرِ ین نعت گو شاعرن ہند شہنشاہ۔ اُمی دیت کاشرِس نعتس جہارتہ تہ شیہجار تہ۔ کاشرِ گرکُلی زنانہ ہندِس لہجس منز لیکھی میو اُہندی لاہوتی نغمہ چھہ مدنی محبوبس لولہ چہ عطرِ ستی پاد چھلان سہ

کمہ وَتہ رَو ترٗ دو سٗرو تا میتیے
گرا ین پتہ پتہ لا رو سیے
ژھاین کرِ ہوس نلنٔے منتویے
مدنی مارے منتویے مارِی

عبدالاحد نادمس چھُ کاشرِ زبانی منز سے مقام یُس حسان ثابتؓ عربی زبانی تہ جامیؔ یس فارسی زبانی منز چھُ۔ اُمی بدلاو نعتس اندر لفظن ہنز ترکیب۔ اُمی اُنی اکھ منز

لوکہ شاعری ہنزلے، جذباتن ہند مژھی جار تہ وہ نہ آلون ہند تاثر سے

اَسہ چھِے سَتھ جیاّنی اُمید گاہ

پَنہٕ دَتھ چھی ژ بیٔے پہترا وِنہٕ

حاجت دَہ نہ نگ چھِے نہٕ آگا ہ

اَسہ گوژ ھ گبہٕ مَنز گاہ چون

---

سپنگ فرحت دپنگ. باّنی | شرعک شارع ورعک یار
حقہٕ سپند رحمتک ابر نیساّنی | سہ چھہ لاثاّنی باّنی کار

نعت گویی اندر لوکہ لہجک ورتاو چھہ نہ صرف وَنن وٲلی ہندس باوُژ بلس وُہہ وِنہ نَد ہند گنز زبخشان بلکہ چھہ بوزن وٲلی سندس ذیہنس اندر تہ بوہ شینجار پرچ ہش مُستی پاد کران ۔ لولہ مژھو جار پرچ بے لاگ، بے ریا نمایندہ چھِے مردس مقابلہ زنانے آسان ۔ یہ چھِے پَننہٕ لولک اظہار زیادہ صدق دلی سان کران تہ لول باونک اوٚ ہند لہجہ چھہ مژھِل تہ تہٕ بنے بھرک تہ سے

نبی صاّبہٕ دَسہ یار بَل تہٕ لولو | وہ لے تروٲے حضرتبل تہٕ لولو
تَہ بِنہس دُچھنہٕ دارِتل تہٕ لولو | وہ لے تروٲے حضرتبل تہٕ لولو
راز دِلہٕ کٔے ہیمَ بانَل تہٕ لولو | وہ لے تروٲے حضرتبل تہٕ لولو

لوکہ لہجہ کہ اظہارک فاّید چھہ ساہو اکثر صوفی شاعرو تُلمت ۔ خیال بندی مسلک تہٕ وہ تھ بیٹھ رنگہ ہرگاہ صوفی شاعر عام لوکہ ولو ہارس ستی زلہ وِنی آسہ تہٕ اَمانپوز اظہارکہ وسیلہ آسی تمن سانین حقیقت پسند شاعرن مقابلہ عام لوکن ستی زیادہ زلہ وِنی ۔ اُمر باوُژ بلن بخش صوفی شاعرن ہندس کلاسس ایم لمہ

کھوتہ ہتہ گنہٕ طاقت تہ تتھ اَندر کرُن میقناطیسہ کھوتہ ساسہ گنہٕ کشش پاَدٕ

زیر بو زیر دربارِ تہی گوس ببر چھم ہا تُتی خاکاہ ملتھ آس
تلن ہیوت بلبلو کیا شور وغوغا گمن بادِ صبا ہیو بوٗ رلتھ آس

(وازہٕ محمود)

چھ سامانے کرتھ شار سہ دُے پرٕ ناز ونیوِیے
سہ دُے عربی پران آو جہانس وعظ ونیوِیے

دمہٕ ستر پھولہِ گلاب ڈیشتھ گوس بے تاب
گوٗ رنگِ آں جناب تابان چھے ژوہ پاری

خلقن ہند مہاراج ملکن چھ ہیوان باج
آدمس گونڈن سرتاج شمشیر ہلے لو

(وہاب کھار)

دورِ جدید کیو شاعرو اندر چھ میر غلام رسول نازکی ہندی نعتیہ قطعات توجہ طلب۔ نازکی صاحب چھ شاعر آسنہٕ علاوہ عربی، فارسی تہ انگریزی ترتیبوے زبانہٕ زانان تہ یمن زبانن ہندس ادبس پیٹھ چھے یمن پوٗر نظر۔ انگریزی زبانہٕ ہندِ وساطتہ چھ یمن عالمی ادبک تہ وسیع مطالعہ تہ اَوہ موجوب چھکھ شاعری ہندین حسن وقبوحن پیٹھ ووستہٕ کارِ ہنز نظر۔

چھ ہیون ہیوٗن عالمن ہیوٗن زمینا اگر تتہ آسہ کانہہ تس آسہ دینا
پننہ پاتھن پنن مکہٕ مدینا گنے چھکھ رحمتہ للعالمینا

ذاتِ پاکِ تو دریں مُلکِ عرب کردہ ظہور

زاں سبب آمدہ قرآں بہ زبانِ عربی!

(جامیؔ)

## حسانؓ بن ثابت

وَاَحْسَنَ مِنْکَ لَمْ تَرَ قَطُّ عَینِی
وَاَجْمَلَ مِنْکَ لَمْ تَلِدِ النِّسَاءُ

خُلِقْتَ مُبَرَّاً مِن کُلِّ عَیبٍ
کَاَنَّکَ قَدْ خُلِقْتَ کَمَا تَشَاءُ

وَشَقَّ لَهُ مِنْ اِسْمِهٖ لِیُجِلَّهٗ
فَذُوالعَرْشِ مَحْمُودٌ وَهٰذَا مُحَمَّدٌ



## حضرت ابوبکر صدیقؓ

جُدْ بِلُطفِکَ یا اِلٰہی مَن لَہٗ زادٌ قلیل

مُفلِسٌ بِالصِّدقِ یَأتی عِندَ بابِکَ یاجَلیل

ذَنبُہٗ ذَنبٌ عَظیمٌ فاغفِرِ الذَّنبَ العَظیم

اَنَّہٗ شَخصٌ غَریبٌ مُذنِبٌ عَبدٌ ذَلیل

مِنہُ عِصیانٌ وَنِسیانٌ وَسَہوٌ بَعدَ سَہو

مِنکَ اِحسانٌ وَفَضلٌ بَعدَ اِعطام الجَزیل

طالَ یا رَبّی ذُنوبی مِثلَ رَملٍ لا تُعَدُّ

فاعفُ عَنّی کُلَّ ذَنبٍ فاصفَحِ الجَمیل

قُل لِنارٍ اُبردی یا رَبِّ فی حَقّی کَما

قُلتَہا یا نارُ کُونی بَرداً فی حَقِّ الخَلیل

عافِنی مِن کُلِّ دآءٍ واقضِ عنّی حاجتی
اِنَّ لی قلباً سقیماً انتَ من یشفی العلیل
انتَ شافی انتَ کافی فی مُهمّاتِ الامور
انتَ حسبی انتَ ربّی انتَ لی نعم الوکیل
ربِّ هب لی کنزَ فضلٍ انتَ وهابٌ کریم
اَعطِنی مافی ضمیری دُلّنی خیرَ الدّلیل
کیفَ حالی یا الٰہی لیس لی خیرُ العمل
سُوءُ اعمالٍ کثیرٌ زادُ طاعاتی قلیل
ھب لنا مُلکاً کبیراً نجّنا مِمّا نخاف
ربّنا اذ انتَ قاضٍ والمُنادی جبرئیل
اَینَ موسیٰ اَینَ عیسیٰ اَینَ یحییٰ اَینَ نوح
انتَ یا صدّیق عاصی تُب الی المولی الجلیل

●

محمد سعید البوصیریؒ

اَلصُّبحُ بدا مِن طَلعَتِہٖ
واللّیلُ دُجیٰ مِن وَّفرَتِہٖ

فاقَ الرُّسلا فضلاً وَّعُلا
اَھدَی السُّبلا لِدلالتِہٖ

کَنزُ الکرمِ مَولَی النِّعمِ
ھادِی الاُمَمِ لِشریعَتِہٖ

أزكى النسب أعلى الحسب
كل العرب في خدمته

سعت الشجر نطق الحجر
شق القمر بإشارته

جبريل أتى ليلة أسرى
والرب دعا لحضرته

فمحمدنا هو سيدنا
فالعز لنا لإجابته



حضرت امام زین العابدین رضؓ

اَن نلت یا ریح الصباح یوماً اِلیٰ اَرض الحرم

بلّغ سلامی روضۃً فیھا النبی المحترم

مِن وَجھِہٖ شمس الضحیٰ مِن خدّہٖ بدر الدجیٰ

مِن ذاتہٖ نور الھدیٰ مِن کفّہٖ بحر الھمم

قرانہ برھاننا نسخاً لادیانٍ مضت

از جائنا احکامہ کل الصحف کالعدم

اکبادنا لمجروحة من سیف الهجر المصطفیٰ

طوبیٰ لاهل المدینة فیها النبی المحتشم

یا مصطفیٰ یا مجتبیٰ ارحم علیٰ عصیاننا

مقصورةٌ اعمالنا طمعاً و ذنباً والظلم

یا رحمة للعالمین أنت شفیع المذنبین

اشفع لنا یوم الحزین فضلاً وجوداً والکرم

یارحمة للعالمین ادرک لزین العابدین

محبوس ایدی الظالمین فی الموکب والمزدحم

•

## شیخ سید عبدالقادر جیلانیؒ

یا حبیبَ اللہ خُذ بیدِی !
ما لِعجزِی سِواکَ مُستندِی

کُن رحیماً لذلّتی وَ اشفَعْ
یا شفیعَ الوریٰ اِلی الصَّمَدِی

اِعتصامی سِوا جنابکَ لِیُ !
لَیسَ یا سیّدِی اِلی الاحَدِی !

غیرُ عزواکَ لیسَ فِی الدّارینِ !
لِعلیلٍ ذلیلٍ مُعتمدِی

## عرش ملسیانی

معطر فضا مست ساری خدائی
صبا مست افشاں مدینے سے آئی

وہ اُمّی پیمبر کا جوشِ فصاحت
بشر کی یہ شانِ حقیقت نمائی

وہ نور نور آفریں ہر جگہ سے
عرب میں ہوئی جس کی جلوہ نمائی

امیدِ شفاعت پہ جیتا رہا ہوں
میری عمر بھر کی یہی ہے کمائی

چلا اے عرش عازم ہو سوئے مدینہ    نہیں راس دُنیا کی ہنگامہ زائی

## جلیلؔ قدوائی

پہلا ہے یہی درسِ دبستانِ محمدؐ
اللہ کا عرفان ہے، عرفانِ محمدؐ

اُس میں بھی ہے کچھ شفقت و رحمت کی وہی شان
ایوانِ خدا گو نہیں، ایوانِ محمدؐ

چھائی رہی ہر سمت جہالت کی شبِ تار
جب تک نہ ہوئی صبحِ درخشانِ محمدؐ

محرومِ ازل کا بھی وہ بھر دیتے ہیں دامن!
اے دل تجھے معلوم نہیں شانِ محمدؐ

دُنیا کی ہے کچھ فکر نہ عُقبیٰ کا مجھے ہوش!
بے خود ہوں تہِ سایۂ دامانِ محمدؐ

یوں آئے کہ طبقات کی تقسیم مٹادی
کچھ کم نہیں دُنیا پہ یہ احسانِ محمدؐ

کیوں پھر نہ صفیں قیصر و کسریٰ کی اُلٹ دیں
آخر تو وہی ہم ہیں غلامانِ محمدؐ

روپوشئ عُصیاں کے لئے حشر میں مل جائے
اے کاش مجھے گوشۂ دامانِ محمدؐ

معراجِ سخن اس کو جلیلؔ اپنی میں سمجھوں
ہو جاؤں اگر بُلبُلِ بستانِ محمدؐ



## میر غلام رسول نازکی

تزئینِ کائینات رسولِ خدا کی ذات
تنویرِ شش جہات رسولِ خدا کی ذات

مجموعۂ صفات رسولِ خدا کی ذات
عرفانِ عینِ ذات رسولِ خدا کی ذات

جس خِرد کی شور زمین میں چھپا ہوا
سرچشمۂ حیات رسولِ خدا کی ذات

وہ چال ڈھال جیسے کہ شاداب ڈال ڈال
سرسبز پات پات رسولِ خدا کی ذات

ہے عارضِ بہیج محمدؐ طلوعِ مہ
صبحِ شبِ برات رسولِ خدا کی ذات

اے روسیاہ طالب سرمایۂ نجات سرمایۂ نجات رسولِ خدا کی ذات

•

## جگن ناتھ آزاد

سلام اُس ذاتِ اقدس پر سلام اُس فخرِ دوراں پر
ہزاروں جس کے احسانات ہیں دنیائے امکاں پر
سلام اُس پر جو حامی بن کے آیا غم نصیبوں کا
رہا جو بیکسوں کا آسرا مشفق غریبوں کا
مددگار و معاون بے بسوں کا زیر دستوں کا
ضعیفوں کا سہارا اور محسن حق پرستوں کا
سلام اُس پر جو آیا رحمۃ للعٰلمین بن کر
پیام دوست لیکر صادق الوعد امیں بن کر

سلام اُس پر جلائی شمعِ عرفاں جس نے سینوں میں
لیا حق کے لئے بیتاب سجدوں کو زمینوں میں
سلام اُس پر بنایا جس نے دیوانہ کو فرزانہ
مئے حکمت کا چھلکایا جہاں میں جس نے پیمانہ
بڑے چھوٹے میں جس نے اک اخوت کی بنا ڈالی
زمانے سے تمیزِ بندہ و آقا مٹا ڈالی
سلام اُس پر فقیری میں نہاں تھی جس کی سلطانی
رہی زیرِ قدم جس کے شکوہ و شانِ خاقانی
سلام اُس پر جو ہے آسودہ زیرِ گنبدِ خضرا
زمانہ آج بھی ہے جس کے در پر ناصیہ فرسا
سلام اُس پر کہ جس نے ظلم سہہ کر دعائیں دیں
وہ جس نے کھائے پتھر گالیاں اُس پر دعائیں دیں
سلام اس ذاتِ اقدس پر حیاتِ جاودانی پر سلام آزاد کی آزادیٔ رنگیں بیانی پر

## بشیر فاروقی

تو آفتابِ ازل ہے محمدؐ عربی!     تو مہتاب ابد ہاشمی و مطلبی

تیری ضیا سے منور ہے کائناتِ وجود     تری ادا پہ فدا حسنِ رومی و حلبی

اٹھائی دہر سے تمیزِ رنگ و بو تو نے     مٹائی تو نے زمانے سے لعنتِ نسبی

ملا ہے سرورِ کونین کا لقب تجھ کو     یہ وہ لقب ہے کہ نازاں ہے جس پہ خوش لقبی

وہ جام روزِ ازل تو نے جو پلایا تھا     کچھ اور اس نے بڑھا دی ہے میری تشنہ لبی

ترے کرم کا گلہ بھی زباں درازی ہے     تری نظر کی شکایت بھی ایک بے ادبی

ترے ہی سوز نے صبر و رضا دیا دل کو     ترے ہی عشق نے بخشی مجھے جفا طلبی

چراغِ محفلِ شب بجھ گئے مرے آقا     مرے نصیب میں کب تک رہے گی تیرہ شبی

ترے حضور میں مدت سے سر خمیدہ ہوں
ادھر بھی اک نظر ہو محمدؐ عربی!

●

## شیر افضل جعفری

آسمان آپ کی رفتار پہ جاں دیتا ہے
آپ کا دور زمانے کو اماں دیتا ہے
آپؐ کے صبر سے پائی ہے توکل نے بہار
آپؐ کا فقر ہمیں بختِ جواں دیتا ہے
رشکِ صد ناطقہ ہے آپ کا دلدار سکوت!
سنگ پاروں کو جو گفتار و بیاں دیتا ہے
آپؐ کے عزم فلک صید کا اندازِ نصیب
دستِ تدبیر میں سو تیر و کماں دیتا ہے

آپؑ کی عظمت شمشیر کا آغاز و عروج
وقت کو خندق و خیبر کا سماں دیتا ہے

جو بھی گھر بار کرے آپ کے قدموں پہ نثار
صاحبِ ذات اُسے کون و مکان دیتا ہے

بعد از قتلِ جفا آپؑ کا فرزندِ جلیلؑ
درسِ قرآن سرِ لوک سناں دیتا ہے

آپؑ کے مہرِ قیادت کا شرف کار اُبھار
نبضِ ایام کو برقابِ تپاں دیتا ہے

شہرہِ بندگی میں آپ کا اسلوبِ حیات
عشق کو منزلِ یزداں کا نشاں دیتا ہے

•

## کریم بخش حسرت

وِرنعناگک ذِکرِک تیرے تیور، میرا زیور

تیری خوشبو میری چادر، تیرا شیوہ میرا مسلک

میری منزل تیری آہٹ، میرا شجرہ تیری چوکھٹ

تیری گاگر میرا ساگر، تیرا سہرا میرا پنگھٹ

میں ازل سے تیرا پیاسا، نہ ہو خالی میرا کاسہ

تیرے صدقے تیرا بالک، وِرنعناگک ذِکرِک

تیرے دم سے دِل بینا، کبھی کعبہ کبھی سینا

نہ ہو کیوں پھر تیری خاطر، میرا مرنا میرا جینا

یہ زمین بھی ہو فلک سی نظر آئے جو جھلک سی
تیرے در سے میری جاں تک 'دُرنغنا لگ ذِکر گ
تیری نکہت میری بولی' تو خزانہ میں ہوں جھولی
تیری چھایا' میری کایا' میری سانسیں تیری چولی
تیرا جھونکا میرا ہادی' تیرا رستہ میری وادی
تیرے در پہ میرے دیپک' 'دُرنغنا لگ ذِکر گ
تو فضا ہے میں پھریرا' میں شکارا تو سویرا
تیری ابجد میری سرحد' یہ بہت ہے کہ ہوں تیرا
تیری رحمت میری چلمن' ہوا روشن میرا باطن
'یا تو نے بنایا مجھے زیرک' 'دُرنغنا لگ ذِکر گ



## یوسف ظفرؔ

حاملِ قرآں، نورِ مجسّم — صلی اللہ علیہ وسلم
شاہِ عرب سرکارِ دوعالم — صلی اللہ علیہ وسلم
ظاہر و باطن نور کا مامن — ظاہر انساں، باطن قرآں
دہر میں وہ اللہ کا پرچم — صلی اللہ علیہ وسلم
بت خانے برباد ہوئے — اور کفر سے دل آزاد ہوئے
اس سے خدا کا دین ہے محکم — صلی اللہ علیہ وسلم
عصمت و عفّت کا رکھنے والا — درسِ اخوّت دینے والا
عظمت کے اسرار کا محرم — صلی اللہ علیہ وسلم
بےکس و ناکس کا وہ حامی — رحمتِ ایزد کا وہ پیامی
بارگہِ حق میں وہ مکرّم — صلی اللہ علیہ وسلم
لاکھوں سلام اے ہادیٔ برحق — اُمّت پھر محتاج ہے تیری
جس کی زباں پر اب بھی ہے ہردم — صلی اللہ علیہ وسلم

●

## شمس وارثی لکھنوی

اِنسانیت کی شمع فروزاں تمہیں تو ہو
خلق و کرم کے مہرِ درخشاں تمہیں تو ہو
تُم ہو وہ عید جس پہ ہے محمود کو بھی فخر
نازاں ملک ہیں جس پہ وہ انسان تمہیں تو ہو
کونین کے چمن میں تمہیں سے ہے رنگ و نور
روح و روانِ جشنِ بہاراں تمہیں تو ہو
جس کی کوئی مثال نہ جس کی کوئی نظیر
مخلوق پر خُدا کا وہ احسان تمہیں تو ہو

شاہد ہیں خود دنیٰ فتدلّٰی کی رفعتیں
عرشِ خُدائے پاک کے مہمان تمہیں تو ہو

تُم پر عیاں ہیں رازِ جلی و خفی تمام!
منشائے خاص حضرتِ یزداں تمہیں تو ہو

حاصِل ہوا تمہارے سَبب دین کو عروج
ہے کون وَجہِ رفعتِ ایماں تمہیں تو ہو

بندے بھی بھیجتے ہیں درود اور اللہ بھی
صَلِ عَلیٰ کے لایق و شایاں تمہیں تو ہو

اُمید وارِ لُطف ہے یہ شمس وارثی
اس کے لئے نجات کا ساماں تمہیں تو ہو



## منظورہ اختر

نہ ہوں کیوں چرخ پر شمس و قمر تابندہ تابندہ
کہ ہے نورِ نبیؐ شام و سحر تابندہ تابندہ

الٰہی دم میں دم جب تک ہے باقی یہ تمنا ہے
رہے عشقِ شہِ خیر البشرؐ پائندہ پائندہ

شفیع المذنبینؐ کی بخششوں کا آسرا لیکر
سرِ محشر میں جاؤنگی مگر شرمندہ شرمندہ

رہے یادِ شہِ بطحاؐ اسی صورت مرے دل میں
جبیں پر نقشِ سجدہ ہوا گہر رخشندہ رخشندہ

مدینے کی زمیں کا ذرہ ذرہ بیش قیمت ہے
جبیں چن لے کہ میں لعل و گہر زیبندہ زیبندہ

زہے قسمت درِ پاکِ نبیؐ پر مرنے والوں کا
بنے گا جنت الفردوس گھر آئندہ آئندہ

فنا ہو جاؤنگی منظورہ ذوقِ دیدِ احمدؐ میں
مری آنکھیں رہیں آنسو بہا کر جویندہ جویندہ

سَرَن سَر سوِن پیغمبر قبَا لولاک لَب کوثر

(حقانی)

## شیخ نورالدین نورانیؒ

پاری پاری محمدؐ صابنس شانس
لیس اُمتس ہیے پانس سیتی

اتھ کھور تمی گنڈی بد شیطانس
یمی ئی کر قرآنس سیتی

رِندو ہنیدِ ہنزِ کامہِ تراوی تو
تراوی تو پراوی تو حقہِ سنز وکھ

حضرت محمدؐ متہِ تراوی تو
اَسہِ نِنہ نارس تمن روزِ کتھ

محمدؐ زور یار بر حق گنٛزرکھ
تمن نشہِ اندی دلی ژیھک نیاے

جان پان پنن تمن پیٹھ بنزرکھ
سوے پھٹے تورکرژ بڈ رہکاے

—— ○ ——

اۄل الف گژ کنے چھ اللہ
اۄلہ پیٹھ آخر زوال نہٕ تس

ب گو محمدؐ رسول اللہ
قیامژ شفاعت کرہِ اُمتس

—— ○ ——

ت گو توکل دون منز کرنے
روزِ کنٛے تمہٕ تورفان

دُرود محمدؐ صابس پرنے
کلمس تہندس اوسُم ایمان

—— ● ——

## خواجہ حبیب اللہ نوشہری

کُنتُ کنزن آویے جلوٕ ماران دراویے

نحنُ اَقرب آویے یارٕ گژھو دپوٕیے

آشکارا دراویے صوٗرتن منٛز ژاویے

چھُس محمدؐ ناویے یارٕ گژھو دپوٕیے

تیٖز عشقن ناریے عاشقن گو پاریے

لوگ نہ الھ کانہہ چاریے یارٕ گژھو دپوٕیے

پانہٕ احد آویے کُس ہیٚیہِ ہسَ ناریے

نوٗن مہ احمدؐ داردیے یارٕ گژھو دپوٕیے

یارِ سندے نورِیلے      سہرمہٕ گوکوہہ مُوریلے

ہٕ نہٕ دوٗر ہر ذرِیلے      یارِ گژھو دپورِیلے

ہاثرِ ونتس کاڑیلے      میانہِ نِتس گراڑیلے

سینہٕ مُثریتھ ہاڑیلے      یارِ گژھود دپورِیلے

یار سندے باغِیلے      رنگہٕ رنگہٕ چھُس میوٕیلے

تس رٗوس نہٕ دیٖہِیلے      یارِ گژھود دپورِیلے

پرٗی مٕش سے ناڑیلے      لچھِ بڈی چھس ناڑیلے

ہا ہٕ کیاہ دِمہٕ ہاڑیلے      یارِ گژھود دپورِیلے

مونت مُجلون آڑیلے      زید قبرے ژاویلے

لالِہ ہندے چاڑیلے      یارِ گژھود دپورِیلے

ساز سنطور ڈٖہریلے      درِ شرلعیت چُھے نیے

عاشقن بس تی پھُٹیے      یارِ گژھود دپورِیلے

وعدہٕ وعید آڑیلے      از چھُ گژھُن سا لیےٚ

چھُے نہ اتھ کانہہ بچارِیلے      یار گژھو دپورِیلے

حبیب کیاہ دِکھ لوٗیلےٚ      از چھُ گژھُن موٗیلے

یارِ سندے چھوٗیلے      یار گژھو دپورِیلے

●

# شاہ غفور

وَھُوَ مُعَلِمہٗ بوزُم کَنَے ۔۔۔ شہ اوس پانے وَنے کیشاہ
گاہ اوس درویش پیرِ تھ گنِے ۔۔۔ گاہ اوس اطلاس لاگِتھ شاہ
گاہ اوس گرِدِس گاہ اوس لونے ۔۔۔ شہ اوس پانے وَنے کیشاہ
گاہ تُمِ پیغمبر لوگُوٚ نے ۔۔۔ اِشارہٕ سیتین پُھٹُرن ماہ
ابوجہلن شکہ ترٛو وُونے ۔۔۔ شہ اوس پانے وَنے کیشاہ
دارَس پیٹھ پانہٕ دوٚپُن اَنے ۔۔۔ شیخ منصورس لوٚدُکھ راہ
تی ییلہِ خوٚش گوس راہ کانٛسہٕ چھنے ۔۔۔ شہ اوس پانے وَنے کیشاہ
دریاوٕ پنہٕ نے موج ہاوٕنے ۔۔۔ فوجہِ فوجہِ وُچھمَس حبابہ
حبابہٕ دریاوٕ پان وُچھونے ۔۔۔ شہ اوس پانے وَنے کیشاہ
عارِفن چھُ یقین ہیرِ تہٕ لونے ۔۔۔ کینٛہہ چھنہٕ سِوا غارِ اللہ
غافِلَس چھُ گمانہٕ چھا کِنہٕ چھنے ۔۔۔ شہ اوس پانے وَنے کیناہ
غافِلہٕ آدی آدی دوٚپے ہنے ۔۔۔ وُنان ونان لوٚزتھم نہٕ زانھہ
یمہٕ کتھہٕ شاہ غفور باوان چھنے ۔۔۔ شہ اوس پانے وَنے کیشاہ

●

## محمود گامیؒ

ژٕھکَر غمِ دَفع یا حیات النبیؐ ۔۔۔ میٚے کرٕ تَمہٕ شفا یا حیات النبیؐ

چھُہ واللیل تعریفِ گیسوٗے تو ۔۔۔ رُخت والضحیٰ یا حیات النبیؐ

مُبارک سبٕٹھاہ چانٛہ ذاتِ شریف ۔۔۔ بجوٗد و سخا یا حیات النبیؐ

خلآیق، ملایک، زمین آسمان ۔۔۔ ژٕرٛے ہَتھ گژھن فِدا یا حیات النبیؐ

خرآبی کرٕم راوٕرٕم لوہ کچار ۔۔۔ نوٚ بُم سے سَزا یا حیات النبیؐ

فرآیِض، سنّت، مستحب، واجبات ۔۔۔ کرٕم تِم قضا یا حیات النبیؐ

دِمَو داد فریاد پَموٗژرٕے پتےَ ۔۔۔ برو زِ جزا یا حیات النبیؐ

کَرکھ نَے شفاعَت چھُہ کیا چارٕ سوٗن ۔۔۔ گرٕژھو مُبتلا یا حیات النبیؐ

بِگاہ دار مارا ز راہِ خُدا    زقحط و وبا یاحیات النبیؐ

دوٗپے حق تعالیٰن منگم کیاگرٕھی    شفیع الورٰیؐ یاحیات النبیؐ

مےٚ چھیم سٕتھ دِس منگنے ژٕ تتی    اَسی کینٛہ شفا یاحیات النبیؐ

بصدقِ ابوبکرؓ و عدلِ عمرؓ    بصاحب حیا یاحیات النبیؐ

بہ شاہ ولایتؓ بہ حسنؓ و حسینؓ    دَفع کربلا یاحیات النبیؐ

بہ اصحاب و ازواجِ آلِ کرام    عفو کر خطا یاحیات النبیؐ

بہ آسے ژٕ ییٚ کُن بخشتَم مے گناہ    حفی یا مفی یاحیات النبیؐ

خجل گوس واراہ ندامت تٕچم    بہ ترٛاوُم خُدا یاحیات النبیؐ

نتہٕ بوزٕ ہَم آرزو وٕچھیم سیٹھا    ژٕ نٕش وانہٕ ہا یاحیات النبیؐ

چھ محتاج مشتاق دیدارِ خاص    غنی و گدا یاحیات النبیؐ

بدیدارِ انور منور کرٕ ژٕ ہوکھ    براہِ خدا یاحیات النبیؐ

مےٚ عرضاہ ژٕ بوزٕم بہ سمعِ قبول    مےٚ چھیم تی مدعا یاحیات النبیؐ

مےٚ چھیم لولہٕ کامن ییٚمے ژٕ تیتے    دِتَم دُرشاہ یاحیات النبیؐ

چھ محمود گامی فقیر الحقیر

سیٹھاہ بے نوا یاحیات النبیؐ

## محمود گامیؔ

مہربان گژھتہٕ مٕن یا محمدؐ
بہ روندے سر قدٕ آمت یا محمدؐ
دِلم را با حقیقت شاد گردان
مجازس کنؠ چھُ لمٕن یا محمدؐ
پرٕ تیزلہٕ ورٕلنہ نورٕ برٕ ژی دَہ ستارے
سُہ تعریف چھی ژٕے ثمَنَ یا محمدؐ
شبِ معراجہ ژٕے پتہ اقتداے کورٕ
نبی ہیتھ آدمَن یا محمدؐ
نظر یامت ژٕے تراوِتھ سورمہٕ چشمو
پھکلے زٕلہ بادمَن یا محمدؐ
ژٕ کتہ چھکھ تتہِ ہیمہٕ ہا ناد چونے
بہ ژھانڈتھ نشہِ کمنَ یا محمدؐ

ژٕ روٗشہِ پانٕٹھ پیترٕ مےٚ کٔمۍ توشہِ کوتاہ

مےٚ کری مے پوشہِ چَمَن یا محمدٗ

دوٗزلی دٔکھ چانٕۍ ڈیشتھ زنگ چھُ نوٗشٕ لُت

گوٗلابہ کو سمَن یا محمدٗ

دِیان چھُس روزٕ تہٕ یانٕتہٕ رومنہ چوٗتے

ویٚچھتہٕ از بردیمَن یا محمدٗ

ژٕ چھکھ نا قبلہِ تے بیٚنیِ کعبہ میونے

بہٕ دِمے سجدہ ہمَن یا محمدٗ

فقیرن ذِکرِ مغی فکرِ غنی

رٕتمے تارِی چانٕۍ ثمَن یا محمدٗ

اجابت کیا چھُ دیت مت نیم شبَن

جیم نکہ زلفِ خمن یا محمدٗ

محبتِ چون کٔرِتھ جاے درِ دل

اَسی نیتر ادہٕ گمَن یا محمدٗ

غجل متر کرتہٕ للّٰہ عاشقن منَنہ

پیتے تیتہٕ سارِی شمَن یا محمدٗ

اُمتی چون چھےٚ محمود گامی

شہٕ چھےٚ ژیٚنے پیتر ثمَن یا محمدٗ

•

## محمود گامی

پور سانٛی نٔبین بسم اللّٰہ     دیدار ہاو یارسول اللّٰہ

اُمّ حانیہٕ سندِ آسی حضرتؐ     کنٛہن شاند دِتھ بافرحت

نادٕس سوزنس مرٕ سلاہ     دیدار ہاو یارسول اللّٰہ

دُعا ییٚلہِ منگن کرٛی زِ آمین     اَتھہٕ بتھ پھلتو ڈل چھُ تابعین

زٕکھ دِ ے ترٛاوتھ سجدٕ کرٕ با     دیدار ہاو یارسول اللّٰہ

ستن اَقلیمن منٛز چھِ بستی     شٕس مے: کینہہ تے اکِس اُمتی

آسمان بے ستون تھم کنٛہ چھا     دیدار ہاد یارسول اللّٰہ

ییٚلہِ ہو انہٕ ہے پنٛنہِ زور یار     حوالہٕ کوٚرٕکھ پنُن کام بار

جنتس کنٛزٕ بردار تم چھا     دیدار ہاد یارسول اللّٰہ

پیغمبر مُتلکھو منٛزٕ کعبہ     یآدٕ گو زُدن تہٕ آفتابے

آفتاب عالمس چھُ دِوان گاہ     دیدار ہاد یارسول اللّٰہ

منٛزٕ ہے پنٛنٕ نس کرٕ ہانکل     لولہ سان لار تو حضرت بل

سر تراو ڈیڈِ تل بڈٕ پھیٚے درگاہ     دیدار ہاد یارسول اللّٰہ

نزدیکھو اُستھ ہیُوت تم دور     بولہٕ دُن کھوو تم دِلک کتور

محمود گامیس یی مدا چھا

دیدار ہاد یارسول اللّٰہ

# ولی اللہ متو

کتہِ ڈلیشہِ ڈیشنس چھسنہٕ لایق
صحبتس واتہٕ ہا چھسنہٕ فایق

ژوٗرِ پاٹھی ہاوتم نوٗرِ رخسار
یا رسول آسہِ گژھہِ چون دیدار

نارہٕ زچھل چھم منز سینس
کرِ واتہٕ مکس تہٕ مدینس

روضس اندی اندی وَنہٕ ہا زار
یا رسول آسہِ گژھہِ چون دیدار

دِمہٕ ہا ژوٗرِ پنٕدی پاٹھو آگے
یمہٕ ہا برتل چانہٕ زاگے

پاین تہِ کرہٕ بے سرِ نثار
یا رسول آسہِ گژھہِ چون دیدار

دمہٕ دمہٕ پرہٕ ہا دروٗدہٕ چونے
توٗہٕ ستی دیوٕ یکھ گرہٕ سونے

دروٗدہٕ چونے چھم سون موکہٕ جار
یا رسول آسہِ گژھہِ چون دیدار

اَژٕ ہا مَسجدِ چانہِ اَندَر   وَنٕدٕ ہا تَمہِ چھ بڑانٕدٕ کَنہٕ سَر

واتنا گۆب چھُم گونٕہک بار   یا رسولؐ اَسہِ گژھہِ چھُون دیدار

لوٚتہِ لوٚتہِ وَنہٕ ہَے غصہٕ تہٕ غَم   یاد چھِم گآمِژ تہٕ ناد دِتَم

منٛدنین گومُت چھُم شب تار   یا رسولؐ اَسہِ گژھہِ چھُون دیدار

کرُم نہٕ زانہہ تہِ کینٛہہ عمل   منٛد چھان منٛد چھان آس بَرٕ تَل

گو نہٕ ہَن ہُنٛد چھُکھ خریدار   یا رسولؐ اَسہِ گژھہِ چھُون دیدار

جگرس چھِم چانہِ دادِ کھ چھوکھ   بلہِ ہیم رآژ اکہِ ہاوِ تم موکھ

چھوکہٕ لدٕ دآدی لد چھُس لاچار   یا رسولؐ اَسہِ گژھہِ چھُون دیدار

ناوَس چانِس یَستہ کرہٕ لَے   تمہِ یستہ مینے ژلِم سپنس کھے

ناوٕ چانہِ موکہٕ لَن گونہگار   یا رسولؐ اَسہِ گژھہِ چھُون دیدار

ولی اللہ وَنان چھُے زآری   اُنٛدی اُنٛدی یار بآے ہیتھ ساری

شفاعتس چانِس ووٚمیدوار   یا رسولؐ اَسہِ گژھہِ چھُون دیدار

## عبدالاحد ناظم

عمر بکر سردارہ پیمہ ہوے پادن     یا نبیؐ گوش فریادن تھاد

عمر بس تہٕ عجمس چانی لادن     یا نبیؐ گوش فریادن تھاد

طوٗبیٰ قدنے سروِ آزادن     شوٗب اٰمٕ عالمن نونٕ ییلہ دراد

لوٗبہٕ ستی بنگی کرٕ شمشادن     یا نبیؐ گوش فریادن تھاد

شاد کرٕی والضحیٰ رویکی یادن     ذرہٕ کوتہٕ برہٕ آفتابک چاد

وَاللیل موے ہا واسہٕ واتہ دادن     یا نبیؐ گوش فریادن تھاد

غمہ ابرویکی تیغ فولادن     تشنہٕ کرٕی دلِ آبِ رحمت چاد

س قد، زلفِ خم ہاد ناشادن     نیم خندہ میم دہن مُترو راو
ُسے الف لام میم پوٚر اُستادن     یا نبیؐ گوش فریادن تھاو
زانغ سورمہ روشنایی شادن     ژھوبہ گیہ عاشقن کرہ ہن گراو
م چھنہ بیماری عاشق زادن     یا نبیؐ گوش فریادن تھاو

گوش کھاو ناظمس عرضن تہ دادن
مرضن شہندین بنر موکہ لاو
با مراد یا رسولؐ کر نامرادن
یا نبیؐ گوش فریادن کھاو



## عبدالاحد ناظم

چھُس دُور پیومُت گرٛھتھٕ رُودم یار مدینس — تٔمہِ نورٕہ روشن گیٔہِ درو دیوار مدینس

والّیل مویکہِ بویہِ ستّین مست چھِہ زٕہ عالم — والشّمس تہندٕے جلوۂ رخسار مدینس

مازاغ چشمن چھکہ نہٕ نیندرٕ از غمِ امّت — بوتہ سوزٕہ دزٕتھ روزٕ ہا بیدار مدینس

گل روٕے عنبر بوٕے سنبل موٕے نرگس چشم — تٔمہِ حسنٕہ پھولہٕ مُت جنتک گلزار مدینس

سوٕے جاے بہتر پیشِ حق از کعبہ واز عرش — یتھ جایہِ بہتھ پانٕہ شہ سردار مدینس

پابوسہٕ تہندٕ ریک عرش کرٕتھ رود تمنّا — سی پارہ جگرٕ لارٕ ہا یکبار مدینس

آمہٕ تادٕہ عشقنٕہ دٕدٕ دمنے جگرِ بادٕہ کمسِ حال — مٔترٕہ رٕتھ بہ گرٛتھ ہا سینۂ انگار مدینس

کیا کرٕہ زٕر چھُم بولہٕ ستّین ذرٕہ جدا پیٹھوس — تٔمی آفتابن ترٕوو نم انوار مدینس

در گریہِ پیومُت ابر دِچھِہ اشکِ شفاعت — از خندہ سپن زوزِ شبِ تار مدینس

چھُنٕہ عشقہ تیبع زان کینہٕ نادان طبیبس — ژھانڈٕن دوا لارٕہ ہا بیمار مدینس

سٕے شمع ژھانڈٕان لاگہٕ ہا پروانٕہ کرٕس گتھ — آوارٕہ دل ہیتھ کوچہ و بازار مدینس

بے چارہ ناظم آرزو ہیتھ چھوں چھے در دل

## رسُل میر شاہ آبادی

بالله چھم مے بے اختیارٔی   لِلّٰہ کرِنا یارٔی یے

کرمۍ کھِر ڈیشِن گوم کپارٔی   ہرمۍ کھ چھم ژرِ پارٔی یے

ہرمۍ کھِ ںگہ ہَس بو پارٔی پارٔ   لِلّٰہ کرِنا یارٔی یے

بَدَنی والضحیٰ روٗین مارٔی   واللیل زُلف شمارٔی یے

دَرہامیٹہ ترِ چھم سوے بِمارٔی   لِلّٰہ کرِنا یارٔی یے

ہاشمی خوشخو خموش رفتارٔی   اُمّی خوش گُفتارٔی یے

زُلفیہ ستی مند چھان مُشک تاتارٔی   لِلّٰہ کرِنا یارٔی یے

نَرادن ہیہِ گوم آمرِ تاو طارٔی   لولن تمِ سندی مارٔی یے

ہول چھم لول آم لولہ ونہاری  للہ کرنا یاری ییے

کمژ وۍستادن آمہ پوختہ کاری  لوگہ ئنے پانژ خنزِ کاری ییے

سورمۂ مازاغ چشمن کاری  للہ کرنا یاری ییے

یس بمہ قوسین آمہ کمانداری  موہنہ تیر دِتی داری داری ییے

عاشق روودِس سینہ داری داری  للہ کرنا یاری ییے

وولہ نس مدہ تے زولہ نس ناری  وٚزہ نس عشقہ زناری ییے

ناری وَن قد چھس جامہ گلناری  للہ کرنا یاری ییے

نبی یو پادن ژییے سرداری

ادر پراد کھ سرداری ییے

رسولہ سر کر گر سرداری  للہ کرنا یاری ییے



## رسول میر شاہ آبادی

از آم دلبر الحمدللہ ووتم سۄ در برٚ الحمدللہ

منز باگ سینس دِلِ اُیینس ہیوٚتم سۄ جوہر الحمدللہ

مہروے مولیٰ نورِ تجلّیٰ اللہ اکبر الحمدللہ

چھے یتوٚت قد تس شوبی سۄ سہ رگس طوبےٰ د کوثر الحمدللہ

چھس روے سمن موے یاسمنے بوے مشکِ اذفر الحمدللہ

کیاہ خال ترووٚمت در تو بہ آمٚت ہندوے کافر الحمدللہ

ڈیشتھ سۄ قامت پھو از ندامت درِ گلِ صنوبر الحمدللہ

بیس رمزِ فرمان تس ملک قربان چھس زلفِ عنبر الحمدللہ

لۄُسے بۄ شاہس تس رٕکھ کلاہس ۔۔۔ یَس غمزِ لشکر الحمدللہ

وُچھتن سُہ قاتِل کٔرنس بہ بسمل ۔۔۔ تس آلوٕ سے سر الحمدللہ

تس سرداریس کو نہٕ سرداریس ۔۔۔ یۄد مارِ خنجر الحمدللہ

کھوٚت برافلاک چھُس تاج لولاک ۔۔۔ سُے سون سَرورَ الحمدللہ

چھُس وصف یٰس تعریف طٰسین ۔۔۔ حامیم زیور الحمدللہ

وُچھتن سُہ پرنُور چھس چشمہِ مخمور ۔۔۔ ہم چشمِ خاور الحمدللہ

معنے چھُہ پانے صورت بہلنے ۔۔۔ ڈیشِتھ چھُہ باور الحمدللہ

اوسُم منٕے در دل ڈیشن چھُہ مشکل ۔۔۔ از ورٔام منٕے سَر الحمدللہ

رسولٕ عاشق تس پیٹھ بلا ٹنک

ناٹمی سُمنور الحمدللہ

# رسول میر شاہ آبادی

دۄن عالمن چھُ سایہ بانے سون محمدؐ نورِ نورانے

نورِ بڑ تِس حورِ وَنہٕ وانے سون محمدؐ نورِ نورانے

حکمؐ سپدُے ملک الموتس روزٕ تأمیا سأنس حضرتسؐ

دوٚیُس حضرتنؐ اَتھ ہو دوانے سون محمدؐ نورِ نورانے

شب جمعہ خواب ڈیوٚٹھ مولوین کالہٕ اوبرس تل آفتاب گرٛھن

کھوت ستارٕ شولہٕ مارانے سون محمدؐ نورِ نورانے

اَتھ جوانا بَرَنے نبۍ برَ چھانے حکمؐ اَزٕنس اندر

تیرٕ سندی پأکھٕ آو لارانے سون محمدؐ نورِ نورانے

پمپوشس گو رنگِ سوسَن بابہٕ صابہٕ اُچھ ما لوسَنے

کأژ وۄمَت چأنۍ برارانے سون محمدؐ نورِ نورانے

نورِ تختس واٰتِھ سرانس — نورُک گلاب پھوٚلِک دہانس

اۆنُس حورَو نورِ زانپانَے — سون محمدؐ نورِ نورانَے

حضرت فاطمہؓ زورِ زورِ ژھنی باکھ — بابہ صابو جامن دِمہِ چاکھ

اَسہِ دِہن کٔس گو جُدا کرانَے — سون محمدؐ نورِ نورانَے

حضرت فاطمہؓ کوٗرَنَے دعوا — بابہ صابو چھالی وعدا

رۄد اُمتس چون ارمانَے — سون محمدؐ نورِ نورانَے

آو وَدان حضرت صدیقؓ — کوٚنت سنا گوم غارُک رفیق

کتہِ ژھانڈتھ جانِ جانانَے — سون محمدؐ نورِ نورانَے

آو لاران حضرت عثمانؓ — جان و دِلس کوٚرنَم بریانَے

کوٚنت سنا گوم صاحبِ قرآنَے — سون محمدؐ نورِ نورانَے

آو رِوان حضرت حیدرؓ — گیَہ یتیم شبیرو شبّر

تم رِ جانانہِ گریہ کرانَے — سون محمدؐ نورِ نورانَے

ییٚلہِ پوٚرہس نازِ تنہِ کفن — اُس ادا نتہِ بردیمن !

مانُن زانُن حکمِ یزدانَے — سون محمدؐ نورِ نورانَے

گرِ عائشہؓ کوٚرُکھ دفن — اُس حرکھ گرٛھان وُوٚٹھن

تتہِ اُمتس اُسی گارانَے — سون محمدؐ نورِ نورانَے

زارِ لجبرِ چھے زارِ بزسوار — کاٗلی اُمتس ہاوِن دیدار

دوٚن رۆسل میٖرن عشقہِ افانَے — سون محمدؐ نورِ نورانَے

# رحمان ڈار

چھُس بہ چون غلامِ داغدارے
سلام بوز عرشہِ کے تاجدارے

گوڈِ سوز ذاتن نوٗرِ محمدؐ
دِین گو روشن دِین دارے
سلام بوز عرشہِ کے تاجدارے

دمہِ دمہِ چھُس بہ چون تعریف خوٗن
زار میأنی بوز کھنا زارِ پارے
سلام بوز عرشہِ کے تاجدارے

ذاتن ژے نش سوٗز جبرئیل
سأر کرَنہِ نیر کھنا شاہ سوارے
سلام بوز عرشہِ کے تاجدارے

حضرت سوٗنے کھوت لامکان
ڈألی پیٹھے نٲلی ھنٛز ترٛہِ بیارے
سلام بوز عرشہِ کے تاجدارے

اَدلہِ آسمانہِ پیٹھہِ چون راج
نوٚوُ مہِ آسمانہِ چھکھ برقرارے
سلام بوز عرشہِ کے تاجدارے

ہرذرہِ چھُس یِوان چانہِ ڈیدِ تل
کرتہِ دیدار رحمانؔ ڈارے
سلام بوز عرشہِ کے تاجدارے

●

## سیف الدین تارہ بلی

از مدینہ بٔہ شہر یار پییہٕ نا — یُس چھُ معشوقِ کردگار پییہٕ نا

مُرسلن ہنٛد شہ تاجدار پییہٕ نا — سون حضرتؐ شہ شوٗبدار پییہٕ نا

شاہِ لولاکؐ ماہِ اَرسلناکؐ — شرق و غربُک شہ حُکمدار پییہٕ نا

دافعِ ہر بلاو رافعِ دین — شافعِ ہر گوناہ گار پییہٕ نا

لطف کُن از پئے خبر گیری — اُمتس کُن شہ بار بار پییہٕ نا

اَسہِ مسکین نِیے گداین کُن — چون سلیمان با قتدار پییہٕ نا

کرِنا ستر سانہِ نِیے اترن — عیب داران شہ پردہ دار پییہٕ نا

کیا چھُ زیبا تہٕ شوٗبہٕ رُون سُہ شاہ — سون محبوب سُہ نگار پییہٕ نا

چھُس دِوان وُلی ہر بوستانن منَر — چمنن کُن شہ گلعذار پییہٕ نا

تازہٕ شمشادِ باغِ قمؐ فاندِر — راست چون سروِ جوٗبارِ پییہٕ نا

نازنین روے ہاوِنا اَسہٕ کٔن　　چہرہ کٔنی یسٕ چھُ نوٗر بار پیہٕ نا

شبِ اسریٰ بمسجد اقصیٰ　　انبیاء چھِس در انتظار پیہٕ نا

اَسی سارٕی ملک وناں بفلک　　سٕے بُراقس کھٔسِت سوار پیہٕ نا

چھوکھ چھ سانین دِلن دوکھو ستی　　بوزِ نا سون زارٕ پار پیہٕ نا

اُمتَس نیہٕ ناسہٕ پانس ستی　　ہر تکلیفس اہلِ نار پیہٕ نا

وند چھِس موختہٕ آس حُقہٕ دُر　　وٕکھ تسندی لعلِ آبدار پیہٕ نا

دنیاہس کٔن دُبارٕ دوٕہ تارٕے　　بیٚیہٕ ہیتھ ستی ژوٗر یار پیہٕ نا

ژام پتشتس میٚنہٕ غم بُڈیومت چھُس　　آرزِ وے چھُم میٚہٕ لوکہٕ چار پیہٕ نا

ہر درکے واوِ ستی ژام ززرٕ　　چھُم تمنّا میٚہٕ نو بہار پیہٕ نا

کیا سنا میانہٕ جوبہٕ کٔن یکدم　　آبِ شیرین و خوشگوار پیہٕ نا!

گٔنڈِ منز ہاوِ نوٗن پتمن دیدار　　لٹہِ اکہِ سو بہٕ نابکار پیہٕ نا

سرِ بالینِ من پیے تلقین　　دردمِ نزعِ اختصار پیہٕ نا

پانہٕ فرماو نا زِ سیف الدین!

در مدینہ امید وار پیہٕ نا!

●

## عبدالوہاب حاجنی

اے شہرِ عربی سلامٌ علیک — شافعِ مُذنبی سلامٌ علیک

مُفخرِ ہاشمی و فخرِ قریش — سیّد مطلبی سلامٌ علیک

اے گُلِ شاخِ باغِ اِسماعیل — حسبی و نسبی سلامٌ علیک

اے تو مقصودِ جملہ پیدائش — مطلب مطلبیؔ سلامٌ علیک

آدم و عالم از تو زینت یافت — مذہب مذہبی سلامٌ علیک

ییمِی زِ چھنکھ تمی خدا ڈیو کھٹہٕ — اے حبیبِ ربّی سلامٌ علیک

از خدا چھےٚ شفاعتس دست گاہ — منزل و منصبی سلامٌ علیک

چھکھ تہٕ خورشید در پیغمبر — مُرسلن مُربّی سلامٌ علیک

دل شکستہ بہٕ آس از ہر کس — عاجزو مذنبیؔ سلامٌ علیک

از گناہاں خراب تہٕ رنجور — چھس نہایت غبی سلامٌ علیک

چہٕ شود گر اکھ نظر ترأوِ — برٚ چھنیس اجنبی سلامٌ علیک

پادشاہس صدا گدایِن ہند — چھنہٕ ناخوش کبھی سلامٌ علیک

مِنے غریبس گو ناہ تہٕ از رحمت — چھل تہٕ از یا نبیؐ سلامٌ علیک

کرِ وہابس عطا پتو ایمان

پاسو، آلِ نبیؐ سلامٌ علیک

●

## ثناء اللہ کریری

ہا داوِ وانکھ ناتوٗ مےٚ تےٚ یینتہٕ ڈاپھ نراوِتھ مصطفیٰؐ

احوال میأنی تس وَنکھ سےٚ ہو کرِہم دادِ ہِن دوا

ونتس اکھا بے پاو سٕر بے کس چھُ گومت در بدر

لولےٚ چھُ دوٗدمت تس جگر کرِتس نظر بخشُس خطا

مے لولہٕ تھہنے گوم ہیہ دمہٕ چاکھ جامن کھسمہٕ دیہ

للّٰہ ژٕ نِکھ ناتورِ مے اے باوفا بادِ صبا

مکہَ مدینے نیلہٕ اَژکھ میانہ ہو اُچھر دالوَ دُکھ

اَدٚش میون چھکنکھ ـــــ لاگکھ سقا

دربار یامت ڈیشہٕ ہن یا ڈیڈی وانا کریشہٕ ہن

دٕن میون یوٚد پرٛزرھ نٕے شہن تتھ چھےٚ خداصاحب گواہ

ڈٕلی گژھتہٕ واو دکوٚزرھ دِ مے انعامہٕ پرٛزھی زٕوہتھ پہمے

پادن پہمے لادن ہہمے آدن ذٕکر وعدے وفا

سے چھےٚ زٕوٕن پاے سون تےٚ سے چھےٚ حمایتھ سون تےٚ

سے جان سے ٹٔنڈبون تےٚ سے رہنما، سے پیشوا

اِستادِ روزتھ عرض کر کاشرٕ غریبا پہو بہتھر

بے چارٕ بے کس بے ہنر بے یارو یاور بے نوا

شیطانہٕ نےٚ آدرٕ متے نفسِ بدن رارٕو متے

بدکامہٕ نیٚ گوٚمت موٚتےٚ ہیومت چھُ در حرص و ہوا

لِللہ پکہ پیومت تلیوٚن یا پیر گوٚمت بوٚنٹھ اُنیوٚن

یا ازٕلی موٚمت کٔڈیوٚن وٕنی کہن تغافل چھا روا

کیاہ سَن پیٚیس نامیون آر بوٚزتھ گژھیم نا زارٕ پار

باللہ سبحاہ وہ بنی گوٚس خوار واللہ منے کٔس چھُم توٕ ہِ سوا

یارب وٕدٕن تھاوٕم قبول راٗفی تعوٗم حضرت رسولؐ

رحمت چھِ چانی مٔشرتہٕ موٚل بخشم متے تمہِ نشہِ اکھ جو یا

مسکین ثناءاللہ گدا برتل چھُ لایانی صدا

کنتہٕ ھادِ یوراہِ خدا چھِودون جہانن پادشاہ

## مقبول شاہ کرالہ واری

اے بادِ صبا گژھتہٕ شباہ سوے مدینہ

منز گلستانن ژھانڈتن دِلجوے مدینہ

تتھ جایہِ شیدا ذرہ صفت ساسہٕ بڈی خورشید

یتھ جایہ پرتو تراوہِ شہ مہ روے مدینہ

یتھ جلوہ دِتم پایہٕ بڈی تتھ جایہِ چھِ عزت

تترِ جنت الفردوس چھی ہر سوے مدینہ

پرتھ جایہِ ہران زمہٕ زمہٕ مایہ ہتن گیت

صدنافہ زِیک چینا عنبر بوے مدینہ

گو ارض و فلک ملک و ملک سور معطر
ییلہِ مشک ہراں زاد سہ خوشبوے مدینہ
درگاہ کوتاہ بخش مُت تس شان و فضیلت
شاہانِ جہاں ساری چھ ہندوے مدینہ
چھم چشمہ دِلہٕ چے خونِ جگر دارہِ منے ہاران
کر سورمہٕ بنم خاکِ سرِ کوے مدینہ
آدارہ خاطر مارہٕ کوٗرس زشت خصالو
بیچارہٕ نے ہند چارہ چھ خوشبوے مدینہ
اُسہٕ تشنہٕ لب کتہِ تھادہٕ سہ دریاے ہدایت
کوثر چھ لواں آبرو از جوے مدینہ
مقبولہٕ ژہٕ یود تلخ کام از بخت پریشان
ووہ تھ جمع گژھ از نعت شیریں گوے محمدؐ



## مقبول شاہ کرالہ واری

عربکہِ سردارہ نجمکہِ راب چھے — شاہِ معراب چھے کر سون پاے

دوہ نہ وۄنۍ عالمن ہُند پچھکھ خواب چھے — شاہِ معراب چھے کر سون پاے

ازلیِ علمکہِ بحرِ موٗلب چھے — ابدکۍ اسرار ژیتے نشہِ دراے

ناد چون کرانکھ زن علمچہِ واب چھے — شاہِ معراب چھے کر سون پاے

سارہ نبی نبین ہندہ سرتاب چھے — ژہے پچھکھ شرعکہ تخت آرلے

روشن دین گو چھانیِ راب چھے — شاہِ معراب چھے کر سون پاے

ییمہِ شبہِ کرِہ نود نکھ معراب چھے — فلکو کرٕ ہیے لولِہ متہِ لاے

ملکو نورِ چہِ مشالہِ زاب چھے — شاہِ معراب چھے کر سون پاے

نورِ ظہورِ کہ ہورہ دہاب چھے — اسہِ کاس غفلت تہِ گٔنہِ ہنز ژھاے

شبہ اکہِ موکھ ہاد کالہِ تہِ کاب چھے — شاہِ معراب چھے کر سون پاے

لولہٕ لُبتانکرِ خاصہٕ دُرابے — قول چون پٔزی پاکھٕ فرحت زاے
ہولِ دل تُوزِتھ گٔژھہ اِخرابے — شاہ معرابے کر سون پاے
ترٛژھ ماے کتہٕ آسہٕ مأںِس تہ مابے — پٔژھ چھے اُمتہٕ شفقت تہٕ ماے
چھٕنہٕ شک نفس وُنہٕ اَسہٕ وابے — شاہِ معرابے کر سون پاے
شرِہ سانہٕ شیطانٕ دتہٕ اَسہٕ ڈابے — برہ چانہٕ رٔوشتی کتہٕ سانٕ جاے
پیٔرہٕ ژھینٕ چھہٕ گامتی لا عِلابے — شاہ معرابے کر سون پاے
رٕہِ راست ترٛاوِتھ ہجر دتہٕ ژھلبے — کونہٕ لوٗگ نتہٕ وُنہٕ ژے نٔشہٕ آے
دکہٕ متہٕ دِتہٕ ادہ گٔژھہ تارابے — شاہِ معرابے کر سون پاے
لواہٕ نارٕ چانٕ اَسہٕ وٕانبہِ زابے — ہولہٕ گٔلی سارٕی سر تاپاے
اَشہٕ کنہٕ جارٕی خوٗنبہِ یابے — شاہِ معرابے کر سون پاے
تَتہِ کیا کرٕ عٔصاءِ کبہِ ہابے — بٔتیہِ آسہِ بتہ رٔاتٕر زَن ژٕنٕر کراے
کھوٹ سون گرکٕہٕ وَنہٕ یمہٕ منزتھابے — شاہِ معرابے کر سون پاے

یا رسولؐ مقبول چھٕی محتابے
تَتہِ کر پایے تسَ لگہِ نیاے
دمہٕ دَمہٕ تمہٕ سٕے چھٕس احتیابے
شاہِ معرابے کر سون پاے

## مقبول شاہ کرالہٕ واری

أنیٖن ہندٕ بٕڑٕ سرداریے

اکہٕ دیدارٕ لادن تھاو

پادن کرہ ہیٚے سَر نِثارے

اکہٕ دیدارٕ لادن تھاو !

دِل شاٰنی دٔدی چانہٕ لولکہٕ نارٕے

چھوکہٕ لدٕ جگرٕن لوگ ژھوکہٕ تاو

موکھہٕ چانہٕ شہلے دِلہٕ دٔد بارٕے

اکہٕ دیدارٕ لادن تھاو

چھوکہٕ لدمیون دِل چشمہٕ سارے

جگرکہٕ خونٕہ ستی چھُم تراو تراو

نمواریہ چشمہٕ تہٕ وُچھ آبشارے

اکہِ دیدارے لادن تھاو!

بحرِ عرفانکہٕ دُرِ شاہوارے

غیرِ حق زانی نہٕ کانہہ تہٕ چون باد

موِلہ چون نیرِ نہٕ کُنہِ بازارے

اکہِ دیدارے لادن تھاو!

مقبولہٕ فضلکہٕ اُمید وارے

خوش روزہوکہٕ لادی غم تراو

بڈِ بڈِ وٕنتس بڈِ سرکارے

اکہِ دیدارے لادن تھاو

●

## مولوی صدیق اللہ حاجنی سائلؔ

نُورک گاہ پھو سنگر مالن
دوٚپ لا یِزالن جبریلس

کونہٕ چھکھ پارٕ پارٕ بُراق والن
دوٚپ لا یِزالن جبریلس

فرِشا وتھرِس نوٗرٕ بنگالن
حورَن دَپھ سوٗرٕ پیرنم تس

رِضوانس دَپھ سَمے لدِ پیالن
دوٚپ لا یِزالن جبریلس

صلواتہٕ لَدِتس یارن تہٕ آلن
ملکن تہٕ فلکن تمہٕ کُے رَس

محبوب پنُنٕ تُنے از یوزٕ کھالن
دوٚپ لا یِزالن جبریلس

طاؤس قدوسن از دَپھ چالن
مشغول روزن صلواتس

برم دیت عاشقن آمی خط وخالن
دوٚپ لا یِزالن جبریلس

جن و انسان پیٚیٚنے قیلن تہٕ قالن
از شاہ لولاک کھِسہ سالس

سوے شیچھ بوز شاہِ تلپاتالن
دوٚپ لا یِزالن جبریلس

تھندی ذوتکی نالی نالن
شوٗقک ہاوس دِتہٕ سائلس

عرفان چاوُن کاعبس تہٕ کالس
دوٚپ لا یِزالن جبریلس

●

# عاشق نرالی

چھَم گاٹِ بہ لارٕہا مدینس — کیا سنہٕ چھُنا نصیبہٕ میانے

محبوبہ منّے لوٚبہٕ چانہ گیٚہ نن — معشوقہ چھُ ہم قریبہٕ میانے

سامانہٕ منّے چھُم نہ در قیامت — دامانہ رٕٹُے منیبہٕ میانے

اُندرِم نیٚبرم وٕنے بہٕ دادٕی — دِلہٕ زار بوزُم مجیبہٕ میانے

ژٕ رے چھُک چھیوکَن دوکھَن دوا بس — ژٕ بے دادٕی وٕنے طبیبہٕ میانے

درشُن ژٕ دِتم یِتم منّے خوابِ — درشُن یِتیم حبیبہٕ میانے

یا منّتہ بہ دُچھے سہ والضحیٰ روے — بیمارٕی ژٕ لیم طبیبہٕ میانے

یاسین و مزمِل و مُدثِر — درشُد توشد جیبہٕ میانے

آدم تہٕ حوا ہمہ پیمبر — پراران ژٕ رے چھی منیبہٕ میانے

معراج گوٚرتھ یِہو دُو چشمو — قربان نگے ادیبہٕ میلنے

کرٕ ہیٚتی منّے خطا عطا ژٕ کرتم — در روزِ جزا حسیبہٕ میانے

کرتم ژٕ کتھا سنتھا منّے گژھِ ہم — ہادتم ژٕ دِتھا لبیبہٕ میانے

یا یوٚرٕ یِتم دِتم منّے دیدار — نتہٕ تورٕی نِتم حبیبہٕ میانے

عاشق ژٕ سین دُچھک ژٕ بے شک

جانانہ ہا پانہ غریبہٕ میانے

●

## غلام احمد جمید

لگے یا سیدے مختارہ پاری
اولوالعزمن اندر چھے تاجداری

بلاشک سارنے پیغمبرن پیٹھ
تمزُر دیت ژٹ ژے چھے نے ذاتِ باری

ہمیشہ سارہ ریہی پیٹھ چھک ژرہ سردار
ژے کُن محتاج وقتِ کار ساری

تہندے نارِ شوقں سپنہ زولم
کرِد تہی رحمتک دریاو جاری

بہ چھس اکھ مُشتِ خاکاہ سینہ چاکھا
مےٚ کرِی تو سبز از ابرے بہاری
سفر نزدیک آسِتھ گوس غافِل
کرِم نہ وۄنہ خرچ کینہہ تیاری
میہ رِلی تو از عنایت در حمایت
عذابہ نشہِ مےٚ آسیم رستگاری
ہمیشہ نفسِ شیطان چھم مےٚ دشمن
یتھ ہیوٚن میانی خرابی تے بے وآری
غلاما پست پایا دست بستہ
چھہ حیدؔ آمُت آز امید وآری
دُنیتھ پنزہ ہیے یتھ کتہِ زانے بہ چھس نادان گا شُر کوہ ہاری،

# شمس فقیر

کوٗرِ معراج سآنِ نبیس
ظہوٗر تمہِ کےٚ چھُہ دوٚن عالمن

حضرت جبریل خبر ہیتھ آو
السلام علیکم غم غصہ تژاو

وُتھِو سآل کرِو حضِ لامکانن
ظہوٗر تمہِ کےٚ چھُہ دوٚن عالمن

بُراقس پیٹھ بیٚلہِ کھوٗر کھیلانے
الاالله کرِتھ درحرم ژلے

کس دیان بُراق کیاہ چھُس کھین
ظہوٗر تمہِ کےٚ چھُہ دوٚن عالمن

کوٗر کھ بسم الله مسجد اقصےٰ ژلے
مرسلن انبیاہن پیشوا آے

اکھ لچھ ژۄوُہ ساس پیغمبرن
ظہوٗر تمہِ کےٚ چھُہ دوٚن عالمن

برزخہ پیٹھ لاجِکھ ہیر
تمہِ ساتہ بُراقس گوٚر رنگ شیر

شانہ تتہِ دآری نس دسگیرن
ظہوٗر تمہِ کےٚ چھُہ دوٚن عالمن

اوٚلہِ اسمانہ وُچھکھ عیسےٰ
خلوق بہتھِ اوس جاے تنہا

یا نبی کوٚت کال وۄتم تژرانن
ظہوٗر تمہِ کےٚ چھُہ دوٚن عالمن

دوٚیمہِ اسمانےٚ تژاوِکھ نظر
سارِوے وُچھےٚ رۄپہ جانور

عابد تہٕ زآہد ستہ عالمن
ظہوٗر تمہِ کےٚ چھُہ دوٚن عالمن

تریٚمہِ اَسمانےٚ وُچھِکھ ترےٚ رنگ ترزٕن اوس آب تےٚ اَکھِس نہٕ داغ

تمہٕ زٕ آسی پانہٕ وآنی اب باگرن ظہوٗر تمہٕ کےٚ چھُ دوٚن عالمَن

ژوٗرِمہِ اَسمانےٚ کوٗرُکھ پرواز تتہٕ وُچھکھ موسیٰ پران نماز

دوٚپ ہکھ تَن دٕرِکھ پانژن وقتن ظہوٗر تمہٕ کےٚ چھُ دوٚن عالمَن

پٔنژِمہِ اَسمانےٚ وُچھِکھ وٚبالی ییٚمبرٕ آسی سٔنہ باآنی اندرٕ آسی خالی

ژھان تَلِتھ ہاوِ نکھ جبرئیلَن ظہوٗر تمہٕ کےٚ چھُ دوٚن عالمَن

شییمہِ اَسمانےٚ وُچھِکھ دُریاوٕ تتھ منٛز آس یکان نوٗح ہنٛز ناو

پانہٕ آس یکان کانٛہہ نہٕ واین ظہوٗر تمہٕ کےٚ چھُ دوٚن عالمَن

سَتِمہِ اَسمانےٚ وُچھِکھ سَتھ باغ سَتہٕ وٕنی باغَن آسی سَتھ ناگ

ہیوٚن بیوٚن جوین لذت نیرن ظہوٗر تمہٕ کےٚ چھُ دوٚن عالمَن

اَٹھِمہِ اَسمانےٚ وُچھِکھ ملکھا کنو کِنی پھل کھیوان بے انتہا

دہاہ نہٕ کِنی اوس یوٗری ترزاوَن ظہوٗر تمہٕ کےٚ چھُ دوٚن عالمَن

نوٚمہِ اَسمانہٕ اوس درختِ طوٗبیٰ نکھہٕ قاب وقوسین او وادنیٰ

تتھ تَل بیٚہاے چھےٚ ژوٚن ملایکَن ظہوٗر تمہٕ کےٚ چھُ دوٚن عالمَن

تمہِ نوٗر ملکو دوٚپ دزن پر اسرائیل، میکائیل تےٚ سَراسَر

جبرئیلَن تےٚ عزرائیلَن ظہوٗر تمہٕ کےٚ چھُ دوٚن عالمَن

آنو گوس یا نبی کھسو عرشَس لولہٕ عرش وَنٛدہہ ہوے نعلینَس

گردِ نعلینہٕ تھرٕ ترزاو عرشَن ظہوٗر تمہٕ کےٚ چھُ دوٚن عالمَن

سِدرَتُ المنتہیٰ کیاہ زیرِ مقام          نہٕ چھ صُبح تہٕ نہٕ چھ تَتہٕ شام

نوٗرٕ مثالہٕ ہیتھ حوٗرٕ وَنہٕ وَن          ظہوٗر تمہٕ کے چھُ دوٕن عالمَن

خدا در محمد کتھ دِپان صلوٰة          کیاہ گو ذات نہٕ کیاہ گو صِفات

کُس سَناکَس اوس سجدٕ دِوَن          ظہوٗر تمہٕ کے چھُ دوٕن عالمَن

شیٹھ تہٕ ترٛے ہتھ کتھ تموٕ کرٕ ظاہر          شیٹھ تہٕ ترٛے ہتھ کتھ تموٕ کمہٕ باطن

دوستس کیاہ سَناوُن دوستَن          ظہوٗر تمہٕ کے چھُ دوٕن عالمَن

اَز لکہٕ گرٕ وآلی ییلہٕ گرٕ آے          نوٗلچھ نوٗساس نوٗ ڈالہٕ ہیتھ آے

معراج کوٗر ہے بہ یک ساتَن          ظہوٗر تمہٕ کے چھُ دوٕن عالمَن

ہانکہ گوٗرٕ گوٗر اوس گرٛھان          مُصلس موے وال آسر ووٕ تھان

مُشکہٕ غوطہٕ کیاسَپُد ہیرتےٚ یوٕن          ظہوٗر تمہٕ کے چھُ دوٕن عالمَن

صُبح پھوٚل سیر تموٕ لوو بارَن          اصحابن سارِنے کَبارَن

سینہٕ بہ سینہٕ ہوٗد کھ نشہٕ صوفین          ظہوٗر تمہٕ کے چھُ دوٕن عالمَن

یا نبیؐ عشقہٕ بَر سینہٕ ہیوٗتے          دمہٕ دمہٕ گوٗژھ ہم معرفت چوٗنے

معراج نامہٕ دوٗن شمس فقیرَن          ظہوٗر تمہٕ کے چھُ دوٕن عالمَن

# شمس فقیر

مکہ بٔنِس بَرچھ وُٹھریے — نیر لُٹیے روٗد کران

دوٗر ہرٲن نوٗر پھٹریے — نیر لُٹیے روٗد کران

اَسہٕ وُنی چھکھ اَسہٕ مُتیے — کَسیٚ کتہٕ مَس کھاسی بران

چاو دا ماہ فراغتی یے — نیر لُٹیے روٗد کران

وٕسی اَسی آے لولہٕ ہتیے — قولہٕ سارِس وُنی دِوان

وُچھتہٕ کیاہ کُشتہٕ گاہ متیے — نیر لُٹیے روٗد کران

عشقہٕ سوزَن چھِنڈر آوی متیے — کیتہٕ عاشق وُنی دِوان

وُچھتہٕ کیتہٕ مارہٕ گاہ متیے — نیر لُٹیے روٗد کران

دَند قند پھلِم کیاہ چھِ رٕتیے — اَسہٕ وُنی غنچہ نچے دہان

لال لب کیاہ رَحمتی یے — نیر لُٹیے روٗد کمان

زُلف سۄمبُل آے ہتیے — پھوٗ لمت سۄمبلستان

مارِ پیچان کار پیتیے — نیر لُٹیے روٗد کران

حُسنَس چانس درود دِتیے — درود اللہ چھُ سوزان

چھم دِیَس گل پھلیم متیے — نیر لُٹیے روٗد کران

شمس فقیرن پرَوانہٕ دِتیے — سرکارہٕ آس فرمان

مال و جان پرٛوٚدم تتیے — نیر لُٹیے روٗد کران

# عبدالاحد نادم

اَحمدِ مُرسل ظلِ رحمانی
شہ چھُ لاثانی بانی کار

رحمت سوٗزمُت شہ چھُ دوجہانی — شہ چھُ لاثانی بانی. کار
صلوات سوٗزنَس حقِ سُبحانی — دَمہٕ دَمہٕ ملکن تہٕ تمہٕ کے کار
اسہٕ سے امَروٗت نصِ قرآنی — شہ چھُ لاثانی بانی کار
صلوات یوٗ پنَس جاودانی — تسلیمات ہیتھ تہٕ بے شُمار
ستہٕ ہیتھ آلن تہٕ اصحابانی — شہ چھُ لاثانی بانی کار
بوٗنٹھ آو تہندٕ سے نورِ تابانی — گوڈٕ گو تہندٕسے روٗح اظہار
اَدٕ لیتو کھ قلمن ازلہٕ لآنی — شہ چھُ لاثانی بانی کار

کُن وۄن اوس سُے گنجِ کتمانی — نۄن دراو تَس کُن دَر بازار

بِن چھِنہٕ نۄن بوز مَن کرآنی — سُہ چھُ لاثانی بآنی کار

کثرتُک معدن وحدتُک کآنی — خلقتُک باعث چھُے سُہ موختار

لولاک دۄپنَس پانہٕ یَزدآنی — سُہ چھُ لاثانی بآنی کار

عشقُک مقصد سُے چھُ حقآنی — حُسنُک مصدر سُے دِلدار

محبوٗب حقہٕ سُند اَسہِ جانآنی — سُہ چھُ لاثانی بآنی کار

موتُک پَردٕ ہیتھ زِندٕ پنہآنی — نازِچہٕ نِندرِ چھُ تازٕ بیدار

خلوَتہ اندرٕ چھ جلوٕ ہاوآنی — سُہ چھُ لاثانی بآنی کار

اۄبرٕ پتہٕ آفتاب یُتھ آسآنی — فاش نتہٕ گاش چھُس پیداوار

سُے تیثُتھ مُخفی بنیہِ اعلآنی — سُہ چھُ لاثانی بآنی کار

والضحیٰ روے چھُس شمس تابآنی — واللیل موے چھُس رشکِ تاتار

حلقہٕ لۄڈ، خوبہٕ رُت، بوے ریحآنی — سُہ چھُ لاثانی بآنی کار

سپنُک فرحت دِنُک باآنی — شرعُک شارح ورعُک یار

حرمُک سردار کرمُک خوآنی — سُہ چھُ لاثانی بآنی کار

اُمی مطلق ذوالعرفآنی — دۄن عالمن ہُند آموزگار

قدمی بولہِ چھُے ترجمآنی — سُہ چھُ لاثانی بآنی کار

حقہٕ سُندِ رحمتُک ابرِ نیسآنی — ازلکہٕ فضلُک بحرِ زخار

تَس نشہِ جآری فضلِ ربآنی — سُہ چھُ لاثانی بآنی کار

رَحمتچ چھیے تمُس باز رگانی　　لُطف و احسانکُ چھُ سوداگار

سۄد تھۄد سوداتس چھُ ارزانی　　سُہ چھُ لاثانی بانی کار

اَسہِ اُدٕ لادَن تھاو متانی　　مُیتھ ہیتھ شافع تہٕ غم بَر دار

کالہ بنہٕ تہندے پاسہٕ آسانی　　سُہ چھُ لاثانی بانی کار

شفقتٕ اُ متچ بے پایانی　　لول تَس ماجہِ ہنٛد کھوتہٕ بسیار

بوز کوٗت مشفِق چھُ روز توشانی　　سُہ چھُ لاثانی بانی کار

رحمت کاسہٕ تَس فضلِ غُفرانی　　آسہِ تَس رحمت پانہٕ غفار

یَس نہٕ پٔژھ تہنزے تَس چھُ حیرانی　　سُہ چھُ لاثانی بانی کار

یُٔژھِ ستین یُس تہنٛد دین مانی　　پَژھِ سان بیشک گژھِ رستگار

دِل تَس نعت پرِ رہتہِ لحانی　　سُہ چھُ لاثانی بانی کار

کر تسُند نادمہٕ مدحت خوانی　　بَر تسُند نعتن ہُند طوٗمار

پہ تسُند کرِ یو مہربانی　　سُہ چھُ لاثانی بانی کار

## عبدالاحد نادمؔ

حضرتِ نبیس گگہِ وے ناوس   واوس اَکھ وَنہِ ناوس زار
اُمتک احوال بوٗ تہِ گُذراوَس   ہمتک لوٗد متّ سون سردار
اُپرمیتہ شفقت بوٗ تہِ ازماوَس   واوس اَکھ وَنہِ ناوس زار
شوقہکہِ خامہِ ستی نامہِ لیکھ ناوَس   لیکھی لیکھی تھاوَس لولہِ کلومار
داد میانی بوزِ دلہِ یاد بو پاوَس   واوس اَکھ وَنہِ نلوس زار
حالہِ اکہ وَدِ نیچہِ نالہِ بو تراوَس   دوٗربر تہندی پیوم دشوار
سوٗر گوم بدنس کیا سنبلاوس   واوس اَکھ وَنہِ ناوس زار،
تاو آم دِلہ کِس منے آمہِ تاوَس   چھاو آم جگرس ہیوت نم نار
راے چھم دادی کینہہ شونبہ راوس   مارے چھم پرہ ہس لولہ اشعار
مشتاق ساری لولہِ مس چاوس   واوس اَکھ وَنہِ ناوس زار

شوقہ سان نارہ منقلہ سنزہ راوس عشقہ جلاوس دمہ اونار
عاشق یم جہس تم تبنہ لاوس واوس اتھہ ونہ ناوس زار
لولہ باغہ فرشہ کنہ زو دکھراوس تراوہ ناغوصہ تہ ہاوہ روخسار
داغ دل سینہ بو ہٹر رتھ ہاوس واوس اتھہ ونہ ناوس زار
اشہ کے گرم آبہ کھور زی ناوس چشمہ زہ ونده ہس تھوہ سار
خشک آبہ ستی ادہ یاد دوبھ راوس واوس اتھہ ونہ ناوس زار
جان و دل دونہ وے آیتی تھاوس خوش گژھہ دونہ ولہ چھُم مونختار
پھیرہ نایور کُن نیرہ ہیم ہاوس واوس اتھہ ونہ ناوس زار
ارہ سرہ پنہ نی ذرہ ذرہ باوس زرہ ستی مرہ مرہ بچھم بسیار
ژون یارن ہند سولل پاوس واوس اتھہ ونہ ناوس زار
تتہ گیاہ کرہ عصاتہ کس تاوس پردہ زئے تھاوہ ہم چھس عاب دار
رسوا گژھہ مکھ تلہ نم ماوس واوس اتھہ ونہ ناوس زار
کیا شوب میانس آوس تہ جلوس راہ چھُم پانس دراس بدکار
پان دتھ نادم جان پیشہ راوس
غم چھمنہ مئے بچھم بوڈ غمخوار
مشکر ساری افسوس کھیاوس
واوس اتھہ ونہ ناوس زار

## عبدالاحد نادمؔ

ہمی قمرٕ تہٕ بدلی شمسأ

گاہ ہاوتمسأ ماہ روخسار

دِلہٕ نارہ دِلہٕ کٔی بارِ تھاو تمسأ

گاہ ہاو تمسأ ماہ روخسار

شبہٕ اکہِ ماہ رورخ پیٹھٕ رٕ لاد تمسأ

لبہٕ ہا خوآبِ چون اکھ دیدار

والتفحیٰ رویک گاہ تراو تمسأ

گاہ ہاو تمسأ ماہ روخسار

حنا تیم زُلفن شانہ داو تمسأ
پانہ چھا عطر تم پانہ عطار
خوشبوے مُشکنی نسا و تمسأ
گاہ ہاو تمسأ ماہ روخسار

زمزمہِ اُندرَے تن ناو تمسأ
احرام گنڈتم خوش اطوار
لبیکَ پران رُو تراو تمسأ
گاہ ہاو تمسأ ماہ روخسار

نور کُن تشریف فرمود تمسأ
یور کُن پکھنا چھُم آمار
روتسہِ ودلہ خوشبویہِ ہوش نیوو تمسأ
گاہ ہاو تمسأ ماہ روخسار

اصُلک نوکتاہ یَس بیوو تمسأ
وصلک تُسے گو برخوردار
رتس گو تس ییلہ مس چود تمسأ
گاہ ہاو تمسأ ماہ روخسار

خطُہک سودا بر کھوو تَشم سأ
عطُہک تہ عفوک چھُکھ سردار

رحمتکہ بازر موٗل پوٗو تمسآ
گاہ ہاو تمسآ ماہ روخسار
واللیل موے چون پرکھوو تمسآ
اکھ تار چاٗنی تے بیٚیہ تا تار
نادم پننِی برانٛز تھوو تمسآ
شافعِ زہ تہٕ، حق بخشنہار
کٗلکہٕ پاسے بخشاو تمسآ
گاہ ہاو تمسآ ماہ روخسار



## عبدالاحد نادمؔ

صلوات سوزوے صُبحن تہٕ شامن
روٗٹ ہٕ چون دامن بوز ستاآنہٕ زار
یا رسولؐ اَسہِ گیہ چھاآنہٕ منہٕ کامن
روٗٹ چون دامَن بوز ستاآنہٕ زار
مشتاق کرُی چھاآنہٕ روے گُلفامن
قاب و قوسین پہ چھے بمہ پُرکار
مازاغ سورمہ چھُے چشم بادامن
روٗٹ ہٕ چون دامَن بوز ستاآنہٕ زار
تعشوق چون گو خاصن تہٕ عامن
روٹ چون دامن بوز ستانہٕ زار

شوقہ چانہِ نیرہ ہا چاگھ دِتھ جامن
ذوقہ چانہِ واتِہ ہا چون دربار
روضس چانِس پھیرِ پیرامن
روٹ چون دامن بوز ساّنہِ زار

نادم چھُ توشن چانین نامن
روشن حال چھے گوس دوجلر
گوش تھوّ امِشب ساتھا بامن
روٹ چون دامن بوز ساّنہِ زار

عزت دِیت نے ذوالاکرامنے !
سارِنے گوزنکھ تِرے سردار
ساّرِی بِچرِاوی چاّنہِ انعامن
روٹ چون دامن بوز ساّنہِ زار

غمراہ ہٹینی گرٹھ بے آرامن
نظراہ دِتِہ اسہِ چھی بیمار
ترِاوتھ بیوِ ٹھک کتہِ اسہِ خامن
روٹ چون دامن بوز ساّنہِ زار

نادم چھُ وّولہِ مُت نغہِ کی دامن اَتھِہ روّٹ کرتس نِتہِ گرتھہِ خوار
سمنت اوّن عاجز بارِ اطلاسن روٹ چون دامن بوز ساّنہِ زار

●

# وہاب کھار

کرِ پیو رۄہ نہٕ رٕۄ مالے واو    تاجدار سون معراجس دژاو

نورِ پیٚمبٕرسون حضرت پیداگوٚ    چاکھ گو قلمس شاخ درٕ جوٚ

کلمہ لاالٰہ اُو وئے آو    تاجدار سون معراجس دژاو

اُم ہانی ہِندِ اوسے شاہ    ہر دم پران اوس اِلا اللہ

درٕ ذِکرٕ اُسی تِم فکرٕ مٔنز تھاو    تاجدار سون معراجس دژاو

حضرت جبریل خبر ہیتھ اس — السلام علیکم تازہ اخلاص

ڈُھونڈتھ پانس کرِو پآر او — تاجدار سون معراجس دژاو

تتھ تھن بُراق آسی واریاہ — حضرتن ہُنداوس تمن تمنا

اکھ اکس کھوتہ تم بَران آسی چاو — تاجدار سون معراجس دژاو

بُراقن منز اوس بُراق لاغر — حضرتن تژ آونے تس کُن نظر

چاو گوس شانہ دارتھ آو — تاجدار سون معراجس دژاو

از فراق سے بُراق اوس ریوان — ہیوژہ ہتس تس محشرن مادان

یا نبی واد دِم درگوش تھاو — تاجدار سون معراجس دژاو

حضرتن دوپنے تس بُراقس — قیامژ دوہ ہیمتھ ستی پانس

اے بُراق غم تژاو دم سمیلاو — تاجدار سون معراجس دژاو

دم گوس کاتھری شُند یاد آ — ہچس پدھری مو کھتو راچھ عنقا

سپنہ کنز پادر سہہ زن آو — تاجدار سون معراجس دژاو

حضرت جبریل رود علمدار — اسرافیل رود پانے جلوبردار

میکائیلن کورنس زین پار آو — تاجدار سون معراجس دژاو

حضرت عزرائیل رود چوبدار — ہسی تھر براقس سپز اظہار

چشمہ ہچس رفرف ہمبر زلہ چھاو — تاجدار سون معراجس دژاو

مسجد اقصیٰ ژاو یکدم — ملکہ ہتھ اوس پران کاسٹم غم

باجماعت پرنے محمدؐ ژاو — تاجدار سون معراجس دژاو

ستوٗد ہیُم ماہِ رجبُن آو    ییمہ شبہ حضرت ساٗلس دزاو

تتہ شبس پیوٚ شبِ قدرٕ ناو    تاجدار سون معراجس دزاو

حضرت نبین پوٚر بسم اللہ    واٚلی تمِ آسمانے اولیٰ

دوٚیمہِ اسمانے کوٚر کُھ ٹھہراو    تاجدار سون معراجس دزاو

ترٛیمہِ اسمانے ہیٚنٛہ وُچھکھ ہیر    پانس آسی دٕپان اسہ گوٚو زیر

دستِ خود نگین تَس بخشنہٕ آو    تاجدار سون معراجس دزاو

ژوٗرِمہِ اسمانے تراوکھ نظر    سارے وُچھکھ رعیہٕ جانور

سوٚ نہٕ کانٛہہ آس تمِ خصلتکاو    تاجدار سون معراجس دزاو

پٛنٛژِمہِ اسمانے مَس ملرٕ بن    آخر زمانہٕ کیٚن تی چاوَن

عارفن تہٕ عاشقن تی باگراو    تاجدار سون معراجس دزاو

شیٚیمہِ اسمانے شیٚنہٕ کوہا    موے والس گُنٛدِتھ از درگاہ

جانوار اُسِتھ در صحراو    تاجدار سون معراجس دزاو

سَتمہِ اسمانے خوٚطبہٕ ہیرا    سیاہ تخت پوٚش جایہٕ گُمراہ

لانہایت وُچھکھ کوٚت بوٚرُکھ چاو    تاجدار سون معراجس دزاو

اٹھمہِ اسمانے کھوٚت تاجدار    تتہِ ہیٚنٛہ رفرفس سَپُد سوار

کوٚرکھ جبریلِ ستی ہتھ دزاو    تاجدار سون معراجس دزاو

نوٚمہِ اسمانے فرش مخمل    آسہ انبیا سُمتھ بیٚیہ مُرسَل

تمِ برُد تھ حضرتِ لامکان ژاو    تاجدار سون معراجس دزاو

عَرشہٕ پیٹھہ پرٕ دِتلہٕ آلوٗ گوٗ    السلام علیکم لوپر چھےَ زبو

وعلیکم السلام کیاہ چونےٚ ناوٗ    تا جدار سون معراجس دزاو

کُتھ گیہٕ اَتھ ہیتھ خوانچے آو    سُے خوانچے پیش محمدؐ ژاو

کھیوکھ چوکھ معرفت باگرٕ نہٕ آو    تاجدار سون معراجس دزاو

حضرتن سانی دوٚپ یا اللہ    نابکار اُمت کرہم کیاہ

بُڈ وو ہمید چھکھ ژیاے یارن باوٗ    تاجدار سون معراجس دزاو

دَمہٕ دَمہٕ اوشکھ غم اُمت    دوٚ پہکھ سوے چھوٚ بدٕ رحمت

پانژھ وق نماز ہندٕ ربر پاتھاوٗ    تاجدار سون معراجس دزاو

دوٚپ ذاتِ پاکن جبرئیلس    ہاو نارِ جہنم معشوقس

تمہٕ وَتہٕ حضرت درگر یہ آو    تاجدار سون معراجس دزاو

مالکِ دوزخن یا متھ بوٗز    ذاتِ پاکن ہنٛز معشوق سوٗز

یا نبی برٕ وٗتھ پچھ نظراہ تراو    تاجدار سون معراجس دزاو

گتھ کرےَ کعبس بوزِ منیاں زار    ستہٕ ہیتھ ژور یار ہاو دیدار

ژیےٚ کُن وہاب کھار باوو میدٕ آو    تاجدار سون معراجس دزاو

## عبدالغفار تائب

بہٕ آسے بے نوا بر در کرم کر یارسول اللہؐ
ہٕژ لدِ چھُس مُشرٕ تم بر کرم کر یارسول اللہؐ

مٔشرٔ اوٚنہٕ یمہٕ لوکہٕ چارن تٔشرٔ کوٚر نِخوتکۍ نارن
بحشرٕ یتھٕ واتہٕ شٔر کرم کر یارسول اللہؐ

فدا سپدہٕ نٔ ندا بوزم صدا بہرِ خدا بوزم
ژٕ چھُکھ شاہ وگدا پرور کرم کر یارسول اللہؐ

کرم یارۍ ژٕ بسم خوارۍ بلبسم یکبار بیمارۍ
بنا وارۍ چھُسے مضطر کرم کر یارسول اللہؐ

تمِس کیا غم یمِس یاوَرچھ در دنیاو در محشر
ژے ہیو غمخوار پیغمبر کرم کر یارسول اللہؐ

سیٹھا چھُم غم میٚنہ کم جانس بہ زاہ پوشش نہٕ شیطانس
دِلس چھم زور زدس چھُم شر کرم کر یارسول اللہؐ

پوٗرُم پردس تہ بیگانس میٚنہ کرحرفا تورُم پانس
گوناہ کرٕکری برٕم دفتر کرم کر یارسول اللہؐ

فراقہ چانہ حسانن دِتی تمی نالہ دردانہ
کھوتکھ یا مُتھ ژبر منبر کرم کر یارسول اللہؐ

سنگ وگل ژے نِشن گویا کرتھ باغ جناں بوبا
گل وریحان دِسپنبر کرم کر یارسول اللہؐ

فراقہ چانہِ دتی بارد کنیو کوہو تہ دیارو
دوہ فاتہ چانہِ ودتھ محشر کرم کر یارسول اللہؐ

تمناتابُس چوئی ژِ ییکھنا اکھ شباسوتی
یتم پادن وندے بو سر کرم کر یارسول اللہؐ

●

## احمد بٹہ واری

بنیاۓ مُنوّر چانہٕ دربارٕ ے　　　شاہ سرکارٕ ے وَنٛدٕ یو جان

دِینَن سَردار چوٗنے دِین　　　الحمد لِلّٰہ ربّ العالمین

ختم المرسلین چھکھ تاجدارٕ ے　　　شاہ سَرکارٕ ے وَنٛدٕ یو جان

ژور یار دوستدار حضرتَس پیش کار　　　سَمسار موجدار تہٕنٛدے مہ ستر

دوٗن عالمَن چھکھ ذِمہٕ دارٕ ے　　　شاہ سَرکارٕ ے وَنٛدٕ یو جان

جلوٕ پیو زوٗنہٕ بنیہٕ آفتابَس　　　آبَس تہٕ کعبس جلوٕ ے چوٗن

گردِ چانہٕ شوٗب آیہٕ عرشہٕ انوارٕ ے　　　شاہ سرکارٕ ے وَنٛدٕ یو جان

سپرِ فرقان ییلہِ وۄنُم گوشن — بدنُک آفتابہ گوم روشن

فکرِ مستی کرَ نہِ آو ذکرِ اذکارَ ے — شاہ سرکارَ ے وَندِ یو جان

والضحیٰ والّیل اِذا سجیٰ — فرماوان پانہِ حق تعالیٰ

حارِ فو درجگر رۄنُکھ انہارَ ے — شاہ سرکارَ ے وَندِ یو جان

جان پان وَندِ ہے چھکھ ننِدِ ہونُے — یار رسولؐ ازیتہِ سون یے

دۄرِ رِچانہِ اُسی گامتو مارَ ے — شاہ سرکارَ ے وَندِ یو جان

ملکن ژور ملکھ افسر آگاہ — فرمانس برۄنٹھ کنہِ یک جا

جبرئیلِ امین خدمت گارَ ے — شاہ سرکارَ ے وَندِ یو جان

بجرُک خیال گو جبرئیلس — حکم آس اَژھ اندر کوتر ٹھولس

جو بہِ ژور ڈیشِتھ گو بیدارَ ے — شاہ سرکارَ ے وَندِ یو جان

دۄدِ کھۄل شراب کھۄل آبہ کھۄل ماچھ کھۄل — ژور کھۄلہِ حضرتس پاین تل

ژۄن ہشند سپر زانہِ ملک الجبارَ ے — شاہ سرکارَ ے وَندِ یو جان

ٹھۄلہِ مَنزِ ڈیٹھن جاے نازنین — ختم المرسلین تِتھ مَنزِ اُسی

ڈاپہِ ترٛاۄتھ آسی دِل بیدارَ ے — شاہ سرکارَ ے وَندِ یو جان

ٹھۄلہِ مَنزِ ڈیۄٹھمن وۄتھنہِ کاروانہٗ — مرکبا ناہ اوس پکان برَہ ہوا

کنہِ آکھ کوت گژھکھ کرِتہِ اظہارَ ے — شاہ سرکارَ ے وَندِ یو جان

کنہِ آکھ کوت گژھکھ کیاہ چھیے ناد — وَن درَندا مت پرژھن جبرئیلس

تِمس اویس قرنی شند اظہارَ ے — شاہ سرکارَ ے وَندِ یو جان

مرکبان وۆ تھس چھم روح الامین
فرماوان پانہ رب العالمین

ژور یار اَمہ کی تحو پلدارے
شاہ سرکارے وَندہ یو جان

جبرئیلَن دوٗ پٔنس کرا اسہ حالی
دوٗ پنس حضرتَس کرِ چھپے ڈالی

ہم چھنہ ڈوٗلۍ ہم چھہ دُرِ مختارے
شاہ سرکارے وَندہ یو جان

ذاتَن دوٗ پٔنس قدرت چہ زبانی
جبریلہ سانے وُچھہ قدرت

اَمہ گُرزِ ھتہ وُنہ چھپے سنگین شہارے
شاہ سرکارے وَندہ یو جان

دَرمنز رکھ وُچھکھ وَحدآینت
شبیہِ تزہ ساس عالم از قدرت

اَمہ جایہ دُزتھ پھو فکر گاٹہ جارے
شاہ سرکارے وَندہ یو جان

ٹھولہ منز ڈیوٹھن لال دریاو
آسمانی پکان معلق بر ہوا

دوود آسو پران بے شمارے
شاہ سرکارے وندہ یو جان

گاڈہ منزِ لچہ پیٹھ لاالہ الاللہ
کلس پیٹھ محمد رسول اللہ

ذات در صفات دزاونون یکبارے
شاہ سرکارے وَندہ یو جان

سدرۃ المنتہیٰ جبرئیلس جاے
مانندِ وُزمل جایہ پیٹھ آے

ٹھولہ منز سِر گوس سِر اسرارے
شاہ سرکارے وندہ یو جان

عالمِ غائب چھپے بے نشان
تتہ کے بادشاہ چھم سلطان

حمد نبہٖ وآری وونن اشارے
شاہ سرکارے وَندہ یو جان

## احمد بٹہ واری

سَرِ پادن کرَے قربانہٕ لولو — جان وَنٛدٕیو جانِ جانانہٕ لولو

دٕورِ وُچھمکھ پوٗرِ ساماںہٕ لولو — جان وَنٛدٕیو جانِ جانانہٕ لولو

قدِ نازنین چون عرشِ کھوتہٕ بالا — تتھ نوٗرسے راضی چھُ حق تعالیٰ

چھُکھ ژٕ نبین کھوتہٕ تھدِ شانہٕ لولو — جان وَنٛدٕیو جانِ جانانہٕ لولو

چھُکھ ژٕ نبین مُرسلن سارِنے تاج — کھوٚت حضرتِ لامکان کرنہٕ معراج

کھوٚت عرشس چون نعلانہٕ لولو — جان وَنٛدٕیو جانِ جانانہٕ لولو

ژٕہے ابتدا ژٕہے بے شکھ انتہا — ژٕہے سارِنے پیٹھ کنہٕ شاہنشاہ

چھَم وعدہ میدِ محشرنہٕ ماآدانہٕ لولو — جان وَنٛدٕیو جانِ جانانہٕ لولو

ژٕ یٚے ناو چھُے سید المرسلینؐ — ژٕ یٚے ناو چھُے رحمتہ للعالمینؐ

چانٛز تعریف دَر قرآنہٕ لولو — جان وَنٛدٕیو جانِ جانانہٕ لولو

چھم تمنا وُ چھہے والضحیٰ روے
چھم تمنا وُ چھہے والیل موے

ماہِ انور تتہِ مند چھانہٕ لولو
جان وَنٛدہٕ یو جانِ جانانہٕ لولو

ہم دو ابرو محرابہ کھوتہٕ نازنین
دوٕن متصل جوے چھین ماچھین

دوٕن ہلالن منٛز نشانہٕ لولو
جان وَنٛدہٕ یو جانِ جانانہٕ لولو

چشمہٕ ڈیشِتھ آہو روٗدی کنزل وَن
چشمہٕ ڈیشِتھ یِمبرزلہٕ پھوجہٕ باغن

چشمہٕ ڈیشِتھ پھولِ گلستانہٕ لولو
جان وَنٛدہٕ یو جانِ جانانہٕ لولو

نستہٕ خنجر چھون مے سوٗن جگرس
نیر کھوتہٕ تیز واراہ گاہ جسم وَس

حسنہٕ تلوارِ دارِ بوشانہٕ لولو
جان وَنٛدہٕ یو جانِ جانانہٕ لولو

خنٛدٕ وُزمل قنٛدٕ پھلی دَنٛد موکھتہٕ ہَل
دَر دَہانہٕ جرِتھ لعل بازار

درِ شہوار دزاو از دَہانہٕ لولو
جان وَنٛدہٕ یو جانِ جانانہٕ لولو

اَسہٕ وُنہٕ ہوہ بجہٕ منٛز باگ چاہِ غبغب
پیٹھ کوشش عاشق چھی کران شب

آبِ کوثر درز نخدانہٕ لولو
جان وَنٛدہٕ یو جانِ جانانہٕ لولو

سینہٕ آئینہٕ کھوتے نازنین تن
چھم سیمور مخمور و تھراوَن

چھس بہٕ تھنٛدے سگ دربانہٕ لولو
جان وَنٛدہٕ یو جانِ جانانہٕ لولو

بے چگون پید اکری ساری
بوٗد کوٗرنے احمد بہٕ وآری

کن چھ الا آن کماکان لولو
جان وَنٛدہٕ یو جانِ جانانہٕ لولو

## مولوی احمد اللہ ہاکباری

از شرابِ لقاے نوٗرآنی شر بتھا چاو یا رسول اللہؐ

ز ازل چانہِ حُسنکس باغس چھُم دوٗہے باو یا رسول اللہؐ

زبتھ بڈٕتھ یُی نہ حکم چھُنے مون کتھ کِتھے زلو یا رسول اللہؐ

منکرس چانہِ حکمہٕ کس جُز غم اکھ کیاہ آو یا رسول اللہؐ

عِلمِ فاسقان و بے دیناں بر زمیں پاو یا رسول اللہؐ

بہرِ مُردارِ ایں جہاں چھُس بو چوں سگ وکاو یا رسول اللہؐ

بالیقیں از وجودِ من بہتر شُد خرد گاو یا رسول اللہؐ

مایہ گاٹم دوہ تہ مایہ کینہہ چھُمنہ کرِ کتھ کراو یا رسول اللہؐ

جرمِ سأنی ژ از خداے کریم عفو کرناو یا رسول اللہؐ

از کرامت ژ خلعتِ ایماں اَسہِ ولہِ ناوٗ یا رسول اللہؐ

روزِ محشر بغیرِ نار و عذاب جنتس نیاو یا رسول اللہؐ

در خلاصیٔ ایں غلام احمد

حکم فرمأو یا رسول اللہؐ

## پیر عزیز اللہ حقانی

صدا بوزم گدا آسے برس تل یارسول اللہ ﷺ
زِ عالم دربنی آدم ژِ افضل یارسول اللہ ﷺ

قدس چھے رتبہٕ عالی قبا لولاک چھے نالی
لعمرک ذاتہٕ شنز ڈالی مکمل یارسول اللہ ﷺ

قسم چھے والضحیٰ رویک دمِ خمدار ابرویک
خمِ واللیل گیسویک معزز جل یارسول اللہ ﷺ

تزر چیں زلفِ پر چینس دِ اکھ بویا میہ مسکینس
ژلیم زنگارِ غم سینس چھلیم مل یارسول اللہ ﷺ

دنَے چھم حالِ دل اکثر زِ مجل بوز اے سرور
دنیتھ زانے نِہ تا محشر مفصل یارسول اللہ ﷺ

زعیماں گوس تقصیری خجالت چھم سو دلگیری
جوانی ووُنی گیم پیری مُبدَل یا رسول اللہؐ

جوانی راوُ در غفلت گیم زھینہ ہاے اچھلے دَکھ
بیم حلقس پُرِ غمِ شربت چو حنظل یا رسول اللہؐ

سبھا چھم نکھ ستے در محشر انیم یلہ حضرتِ داور
بکف ہیتھ غفلتک دفتر مُطوَّل یا رسول اللہؐ

عدالت آسہ یُیتھ والا حُکم از عالمے بالا
کُنے گرتھ جانبے اعلےٰ دَلادیٰ یا رسول اللہؐ

جہنمؔ جوش دِن سآری بحُکم ذات باؔری
طبق اندر شفق دآری چو مشعل یا رسول اللہؐ

پرژھیم حق کیاہ کورتھ حاصل بجنّت واتہ نَس قابل
گرژھیم ہیچ دِلس حآیل میہ ہانکل یا رسول اللہؐ

مے ستھ سورہم کنُس جانس موہرآسیم مے پرتھ تانس
کرے تھُپِہ زور دامانس مُکمل یا رسول اللہؐ

وَنے اے سرورے غمخوار بہ حقانی شفاعت کر
ژتے روُ ستے چھُمنہ کانہہ یادر مُفصل یا رسول اللہؐ

•

## پیر عزیز اللہ حقانی

ژٹے کیا اے چرخِ دوٗن پروَر دلس منز خار چھُے میثونے

نظر کر در دوٗ عالم مصطفیٰؐ غمخوار چھُے میثونے

سَرن سر سون پیغمبرؐ قبا لولاک چھی در بَر

پہوے چھُم یاوَر و داوَر پہوے دِلدار چھُے میثونے

تہنز لاَدن چھَ کونینس دِمَس وُنی قاب وقوسینس

تہندِس گردِ نعلینس نِدا گرِہ بار چھُے میثونے

ز سوزِہ ہجرِ پیغمبر جسگر چھُم رونقِ آذر!

دُزھم ریہہ از قدم تا سر پہ ہجرک نار چھُے میثونے

زدردِ ہجر چھُم دِل خوٗن زچشماں پُر سیٖن جیحوں

کر کھ کیا اے خلاطوں لا دوا آزار چھُے میثونے

چھُ حقانیؔ بہ شور و شر پراں اوصافِ پیغمبرؐ

ثنا بر حضرتِ داوَر دمادم کار چھُے میثونے

●

## پیر عزیز اللہ حقانی

گو جہاں تازٕ برخسارِ رسولِ عربیؐ
روٗٹ گُلَو مشک زانوارِ رسولِ عربیؐ

روز و شب دراپہِ پھٹتھ پردہٕ ژٹتھ شمس و قمر
ذرّہ چھِن آیہِ بہ انوارِ رسولِ عربیؐ

نیرِہ سردارِ عربؐ جلوہ دِوان در عرصات
مَتَشکہِ جامہ ہلم دارِ رسولِ عربیؐ

روزِ بر عرشس برین نورؐ عقس سجدہ کرِتھ
جُبّہٕ ناز عرقبارِ رسولِ عربیؐ

اَنبیا ساری دِنَن بار خدا یا نفسی
رَبِ اِغفرِ لاُمّتْ کارِ رسول عربیؐ

گرادِ تَس نادِہ بڈِس بادہِ خدا ہادِ کرم
تہ ادہ غم ساری اُمّت زار رسولِ عربیؐ

ہیم گونہگار تھے نارٕ کرن نالہ فغان
تتہِ موکلاوِ تمن کھارِ رسولِ عربیؐ

غم کمر خاک بسر خستہ جگر حقانی
آش ہیتھ آو بہ دربارِ رسولِ عربیؐ

## پیر عزیز اللہ حقانی

سوز دِلکی بوز میانی نالہ زاری یارسولؐ
مشکہ مشکہ جسم و جان چھم اشکباری یارسولؐ

شولہ در شمع دروں تاباں بکالونِ بدن
زولہ متّہ چھم سینہ چالنی لولہ ناری یارسولؐ

اُدنہ طاقت زاشتیاقت کانہ درسوز و گذار
در فرافت روز محشر ودھ تھزہ پاری یارسولؐ

از بروں حالِ درون بیمیہ تھود پنہاں در ضمیر
چھمہ سوزِ ہیچ نالہ زاری اختیاری یارسولؐ

اندرِ گندہِ تم تو ندرنی ریہہ زانہ کس باوکتھ فراق
چانہ غمہ چھم جان و دِلہ بیقراری یارسولؐ

خستہ خاطر تشنہ لب حقانی اندر کوے تو
زاشتیاقِ روے تو در عجز و زاری یارسولؐ

## محی الدین مسکین

کیا میون جانان سبحان اللہ    وندہس بو زُو جان سبحان اللہ
چھُم ہدل سینس گژھہ ہا مدینس    ثنتی مار ہس پان سبحان اللہ
چھُم زومیہ کریشن کر خوآبی ڈیشن    نیرہ ہم میٔہ ارمان سبحان اللہ
تس نیک بختس تختس تہٕ رختس    وآصف چھُہ رحمان سبحان اللہ
طٰہٰ صفاتس یاسین ذاتس    کیا رفعت و شان سبحان اللہ
والشمس رویس واللیل مویس    چھس زلفِ بیچان سبحان اللہ
لولاک افسر تس کیا چھ برسر    زیبا نمایان سبحان اللہ
مافوقِ یمنیس تس کیا چھ قوسین    چھس تیر مژگان سبحان اللہ
مازاغ چشمن غفلت چھ دشمن    چھس مست عرفان سبحان اللہ
لب لعلِ خنداں دُردانہٕ دندان    یاقوت و مرجان سبحان اللہ

زاہ چھم نہ پیوان چھس دارِ ریوان  چھم اشک جریان سبحان اللہ

کرپان ہاوہم در خواب کتھا وہم  ممنونِ احسان سبحان اللہ

دل سوختۂ ہاوس احوال باوس  با چشمِ گریان سبحان اللہ

بوزہم مے زآری سوزہم مے یآری  روزہم مہربان سبحان اللہ

منز انبیاؤن بیئیہ اصفیاؤن  سُی شاہ سلطان سبحان اللہ

تس پادشاہس اُمت پناہس  جبریل دربان سبحان اللہ

در روزِ محشر آسن پیمبر  تس زیرِ دامان سبحان اللہ

سآری خلآئق جن و ملآئک  تس زیرِ فرمان سبحان اللہ

صدیق اکبرؓ فاروقِ عمرؓ  عثمانؓ عفان سبحان اللہ

زورِم چھُ حیدرؓ بازپت وفر  آں شاہِ مردان سبحان اللہ

آسن صحابن عآلی جنابن  رحمت تہ رضوان سبحان اللہ

بیچارِ مسکین آوارِ غمگین

تمی سند ثنا خوان سبحان اللہ

### عبدالقادر درویش قادری

وۄنہ کھ ہیمو شاہراہِ موئے نبیؐ
پکھ وُچھو جلوہ گاہِ موئے نبیؐ
جلوہِ ہاوان چھ شاہدو مقصود!
در حضورِ نگاہِ موئے نبیؐ
برتر از شان و شوکتِ ثقلین
پیشِ حق عزِّ جاہِ موئے نبیؐ
اعتقادکۍ مدینہ در کشمیر
حضرتِ بار گاہِ موئے نبیؐ
ژاس امیدوار در درگاہ
آسۍس امداد خواہِ موئے نبیؐ

قبلۂ دین کعبۂ ایمان
حَرَمِ خانقاہِ موئے نبیؐ

نورِ صدق و صفا چھُ صاف دین
بَر حقیقت گواہِ موئے نبیؐ

وچھتہِ روشن شگوفۂ والیل
در بہارِ سیاہِ موئے نبیؐ

چھَم ضعیفن دِوان تسلیٰ دِل
قوتِ دستگاہِ موئے نبیؐ

خط آزآدئی سیاہ کارن
دادہ ایزد بجاہِ موئے نبیؐ

قادری سِلسِلے بخاننگ زان
در دو عالم پناہِ موئے نبیؐ



## عبدالقادر درویش

ہمہ شب منتظر چھُس خوابٕے از یم     فراقٕکی غم زدل یکبارگی یم
سیہ رویو دیہ چھُس از بس جرایم     پیشماں گوس وۄتی از خویش نادم

گنٲہہ چھم یا نبیؐ   اللّٰہ   گوناہ چھم
پناہ دم یا نبیؐ   اللّٰہ   پناہ دِم

دِمے فریاد یوزم دلو بیداد     زجورِ نفسِ شیطان گوس برباد
کرمؐ آزاد از غم چھُس بہ ناشاد     یِمے برتل دِمے ہر لحظہٕ فریاد

گوناہ چھِم یا نبیؐ   اللّٰہ   گوناہ چھم
پناہ دم یا نبیؐ   اللّٰہ   پناہ دِم

وُنیستامت زہر در دراس خالی مگر وونی تراس در درگاہِ عالی
بلاشک دوہن جہانن چھک ترہ والی کرن ترےنشہِ میہ شوبہم حال حالی

گوناہ چھم یا نبیؐ اللہ گوناہ چھم
پناہ دِم یا نبیؐ اللہ پناہ دِم

چھےمحرومن ترے نشہِ امید واری چھ تر ےکن بیگماں موحتاج ساری
چھ کس یتہِ قرب در درگاہِ باری کرم یاری تہِ بوزم عجز و زاری

گوناہ چھم یا نبیؐ اللہ گوناہ چھم
پناہ دِم یا نبیؐ اللہ پناہ دِم

امانت در خدالیس نشہِ ایٚن چھک بلاشک رحمۃٌ للعٰلمیں چھک
تھوتھ نعلین بر عرشِ بریں چھک گنہگارن شفیع المذنبیں چھک

گوناہ چھم یا نبیؐ اللہ گوناہ چھم
پناہ دِم یا نبیؐ اللہ پناہ دِم

سیاہ گومت زعصیاں چھم میہ نامہ ترہ تہ جاری زرحمت کرتہ خامہ
تصرف چھوں از ماہی چھ تامہ یہے نالہ دِمے روز قیامہ

گوناہ چھم یا نبیؐ اللہ گوناہ چھم
پناہ دِم یا نبی اللہ پناہ دِم

خدایں دوہن جہانن ترے دِتمنے راج زسرداری بسر ترے تھووُنے تاج
زحدِ لامکاں گو چون معراج کہ ومہ مُلکی ترے کن چھ موحتاج

گُنٲہ چھِم یا نبیؐ اللہ گُنٲہ چھِم
پناہ دِم یا نبیؐ اللہ پناہ دِم

شبُن چھُے تاجِ ارسلناک بر سر    مُزیّن خلعت لولاک در بر
چھِے چاۄنی قدر از ادراک برتر    دِمِینا نالۂ غمناک بر در

گُنٲہ چھِم یا نبیؐ اللہ گُنٲہ چھِم !
پناہ دِم یا نبیؐ اللہ پناہ دِم

گدا مخلوق ساری شاہ ژٕے چھُک    ستارہ چھِی صحابہ ماہ ژٕے چھُک
بجالِ اُمتاں آگاہ ژٕے چھُک    سیہ کارن شفاعت خواہ ژٕے چھُک

گُنٲہ چھِم یا نبیؐ اللہ گُنٲہ چھِم
پناہ دِم یا نبی اللہ پناہ دِم

ژٕے چھِی معلوم سوٗرٕے حال میثونے    بد افعالی تہٕ بد اقبال میثونے
چھُہ وۄنی فاضل دنُن احوال میثونے    بہر دم یِی چھُہ قیل و قال میثونے

گُنٲہ چھِم یا نبیؐ اللہ گُنٲہ چھِم
پناہ دِم یا نبیؐ اللہ پناہ دِم

چھُہ یوٚدوے قادری از تباہ کار    گُنٲہن ہُند گومُت یوٚد تس چھُہ گوب بار
وَلے از کارِ خود گومُت چھُہ بیزار    کرتھ بر معصیت کاری چھُہ اقرار

گُنٲہ چھِم یا نبیؐ اللہ گُنٲہ چھِم
پناہ دِم یا نبیؐ اللہ پناہ دِم

## فقیر میہ

عرِبستانَس آو جانانَے چھُس نشانَے اِلااللہ
بو پیٚروانَے تس ہرآنَے چھُس نشانَے اِلااللہ

دہ نوٗنِ عالمن چھٕم شُلطانَے شنہ وٕنی طرفن روشن گئے
تہٕ نوے عنامر تس قربانَے چھُس نشانَے اِلااللہ

نصرٌ مِنَ اللہِ ہیتھ چھُہ سامانَے وَ فتحٌ قریبٌ در ہر حال
وَ ھُوَ مَعَکُم دِزِ پنس پانَے چھُس نشانَے اِلااللہ

طٰہٰ یٰس چھُس برہانَے مُزمِل مُدثِر در بردا
آیہ آیہِ تھنزے آیہِ فرقانَے چھُس نشانَے اِلااللہ

سائس پیپہِ ناستے مبزمانَے کالس کرہس کلِہ قربان
دال گوم اُلفس تس دِچھانَے چھُس نشانَے اِلااللہ

حورِ چھس بر سرَ نورِ زانپانے پراان کر یہ شاہنشاہ
عرشِ مجیدس تی چھُ دامانے چھس نشانے اِلا اللہ

ژور یار ستی چھس ژور ارکانے صدیق، عمرؓ شاہِ عثمانؓ
حضرت علیؓ شاہِ مردانے چھس نشانے اِلا اللہ

حضرت قادر شاہ جیلانیؒ نے محی الدینہٖ یس پیوٚ ناد
تاج الاولیا ماہِ تابانے چھس نشانے اِلا اللہ

حضرت خواجہؒ بحرِ عرفانے تاجا دِتھ آواز مصطفیٰ
راجا دِتہٖ ہِس ہندوستانے چھس نشانے اِلا اللہ

حضرت امیرؒ شاہِ ہمدانے علی ثانی یس پیوٚ ناد
داران کوٚرنے کفرستانے چھس نشانے اِلا اللہ

حضرت نقشبندؒ دُرِ عرفانے درجہاں ہوٚون نقش اللہ
بوٚون اللہ پروٚون پانے چھس نشانے اِلا اللہ

حضرت نورالدینؒ پورِ ایمانے نورِ حق اوٚس ازابتدا
سِر حق وچھی تو تہند عرفانے چھس نشانے اِلا اللہ

حضرت مخدومؒ شاہِ سلطانے راہِ راست ہوٚون بوٚون حق
ماہِ انور برجِ ایقانے چھس نشانے اِلا اللہ

اولیا ساری نورِ نورانے پور سامانے گرژھ وچھان
حضرتِ تنؒ ہندی چھ یم دردانے چھس نشانے اِلا اللہ

فدا بو چھُس پرتھ اَستانَے ہاَدی تہ مہدی تم بنتھ آمے
مدؔا چاونم مےَ عرفانَے چھُس نشانَے اِلا اللہ

مشکن کوزنسَ بچاَنی مستانَے عشقن کوزنس چاَنی شیدا
بے پردٕ ہاوُم روٗےِ نورانَے چھُس نشانَے اِلا اللہ

زان کر پیدا ہا غاَرزانَے دیان تھوٗمے کنٛ بسٕنکھے شاہ
جان کرِ فداتس مردانَے چھُس نشانَے اِلا اللہ

فقیرؔ میرس گژھہِ ہم خانے جان جانَے پانٕہ اللہ
خانہٕ بہٕ خانَے چھُس دوکانَے چھُس نشانے اِلا اللہ



## پیر عبدالقادر قدیر

خدا عاشق چھُ بروے محمدؐ
چھُ عالم زندہ از بوے محمدؐ
چھُ رحمت عالمَن تشنہ ساری
چھِ وان چھی آب از جوے محمدؐ
چھِ پیٚزی پاٹھو عشقہِ والین عاشقن کِتی
زِ محراب قوسِ ابروے محمدؐ
بگردن الفتح ہانکل تھنہ چھکھ !
دِلس چھکھ بستہ گیسوے محمدؐ
بستی مست گیہِ زن چو تمو مس
یمو وُچھ چشمِ جادوے محمدؐ

بہ یکدم گژھ برہم جملہ عالم
اگر گژھ خم بیک موے محمدؐ

دِلس چھم ہول آمت چھم توہند لول
بہ کر وُچھ روبرو روے محمدؐ

اچھو کنی ہار ہا بو خون جگر
سہ خون کر ہا بہ پاشوے محمدؐ

دِلا کر جان فداتس سرتہ قربان
وچھکھ دِلبر روے نیکوے محمدؐ

لگس پاری کرس صلوات جاری
درود ڈالہ لد سوے محمدؐ

سہ اکرم چھے تہ منگ تمی سی کرمس
کرم کرِ چھے کرم خوے محمدؐ

بہارِ جاوِداں چھے باغ جنت
بھکھ یوٗد بر سرِ کوے محمدؐ

مدینہ ہیو چھ باغِ ملکِ کشمیر
ز آثارِ نکو موے محمدؐ

پیوست چھے عرشہ پیٹھ فرشتی تام نوا غوغا تہ ہے ہوے محمدؐ

•

## پیر غلام محمد حنفی

محمدؐ علیہِ صلوات وسلام
شہنشاہِ کونین فخرالانام

امامِ رُسل شافع المذنبین
بلاشک چھُ سُلطان و برہانِ دین

عطاکرٕ خدایَن تمِس عقلِ کُل
یِہِس ناو پیومُت چھُ ہادیِ سُبل

چھُ شاباش تَس کیا چھُ عالی صفات
یِسُندِ نورٕ نِشہِ پیاد گو کائینات

تَسُند والضحیٰ روے از آفتاب
چھ تابندٕ تَر زُلف مشکین ناب

تَسُندِ نورہ شمعِ نبوتَ بدم
سُپُن روشن و خوشنما یک قلم

گُلِ آدم از نورِ ختمُ الرُسُل
بمانندِ گُلشن سُپُن پھُول چھُو گُل

وَندس چشمہ تتھ والضحیٰ رویہِ سپا
چھُو واللّیل جان مُشکدار مویہِ سپا

دفع ظلمت کفر یکدم کورُن  بشمعِ شریعت ستہ برہم کورُن

ز انا فتحنا ستین فتحیاب  بہر جا بر اعدا ستہ عالی جناب

ز حامیم شوبان بتر تاج چھس  ز والنجم تعریفِ معراج چھس

تسندِ شوقہ در رقص ہر آسمان  یسندی چھہ تعریف خوان انس وجان

مزملِ زحق تس چھہ خلعت ببر  مُدثر ردائی ہیں خوب تر

خداین زلولاک حشمت دِتس  لعمرک ز انداز عزت دِتس

تس عالیجنابس بلند ہمتس  منگاں مغفرت ہر زماں امتس

ثنا خوان پانہ چھہ پروردگار !  ہنا دیاں کر راو مو زنہار!

فصیح اللسان اوس یُژ در عرب  عجیب اللسان تس وچھت لب

چھہ کیا میون طاقت ییکہ کیا ونتھ  بہ کیا چھس تہ کتیا صفت ہیکہ ونتھ

تسندیس خدا واقف کار چھہ  ثنا خوان نازن خریدار چھی!

قرآن یس چھہ وصفن تسندین اندر  پھِران گژھ کراں آیہ آیہ نظر

اگر تاقیامت سری خاص و عام  شب و روز ہر وقت در صبح و شام

کرن وصفِ حضرتِ محمدؐ رسولؐ  تھکتھ پین ہتس اکھ ییکھ نہ وصول

ملک جن د انسان زمین آسماں  ہیکن نہ کرتھ وصف تمی سندی بیان

صفت زانہ تمی سندی خداوند پاک  فقط تیتھ ہیکیا نہ کرتھ زانہہ تہ بیاکھ

خدایا بہ آں شاہِ دنیا و دین  رسولؐ خدا شافعِ المذنبینؐ

بخشتی تہ ایمان پتو کر عطا  بلطف وکرم عفوِ جرم دخطا

# فقیر احمد راہ

عرض میٔونُے بوز للّٰہ اے شاہنشاہ یا محمد مصطفیٰ ؐ

فرض پالُن چھُے صدا اے دل شکستہ یا محمد مصطفیٰ ؐ

سوختہٕ کوٚر نَم لولہٕ نارَن نوہ قطرٕ سُے چھُم دَرٕ بدَن

پوٚختہٕ زولہٕ نَس کہٕنٛ سنْدارَن چھُم تمنا یا محمد مصطفیٰ ؐ

گرد راہ چون چھُے منّے مرہم دردِ مُشکل چھُم ستم

دردَ رونی کاستمَ غم پاسہِ مولا یا محمد مصطفیٰ ؐ

کُس چھُہ مینّے بَس ژھینّے سِوا کَس آسہِ معلوم حال میٔون

بَس منّے چآنی اَکھ نِگاہ درکار ہر جا یا محمد مصطفیٰ ؐ

خاصہٕ سوٗزُکھ ذاتِ پاکن پاس چون دوٕن عالمنَ

راسہٕ پیٚٹھ چھُکھ ہیرِ تے بوٕن شوٗبہٕ وُن گاہ یا محمد مصطفیٰ ؐ

پوٗر چونُے جَلوٕ زانُن سوٗر گو مُت عاشقن

دوٗر کیٛہنہٕ نے نوٗر دیدٕن حوٗر پھلوا یا محمد مصطفیٰ ؐ

دَر ندامت آو یہ احمد راہ بَزآری دم بدَم

کر ہدایت کُس منّے بوز ہم ژھینّے سِوا یا محمد مصطفیٰ ؐ

●

## قطب الدین واعظ

بَلَے دیدارِ چھانے      نبی مُختارِ میانے

حقن ییلہِ پادہ کوٚرنکھ      معرفتہ ستی بوٚزنکھ !

موکہِ لاوکھ جہانے      نبی مُختارِ میانے

چھُہ چھانِن یمبرزلن      پکان وَتہِ سورمسہ ہرن

عالمہکہِ شُند بانے      نبی مُختار میانے

قدت چون سردِ روانَ      حدت چون ماہِ تابان

زِموٗنازک میانے      ، نبی مختارِ میانے

گیسوٗن کوٗڑتھ واشے ۔۔۔ بگی کہتی والہِ واشے
شکار ییتھ کاہنہ نہٕ زانے ۔۔۔ نبی مختار میانے
تیر مژگان چوٗنے ۔۔۔ بیمس پیہِ سیٚ چوٗنے
کوٗڑتھ بیلہِ کشش کمانے ۔۔۔ نبی مختار میانے
لبانت ہیچو یاقوت ۔۔۔ تِے چھی عاشقن توت
بدنند پرٛ در دہانے ۔۔۔ نبی مختار میانے
تشبُن کیاہ نتہٕ غنبر ۔۔۔ بمُن کیاہ چھے ترٛ وکیر
ز نورِ حق نشانے ۔۔۔ نبی مختار میانے
زبان چانی قند و شکر ۔۔۔ دہان چون دُرجِ گوہر
بفر مازاں بیانے ۔۔۔ نبی مختار میانے
لقب چوٗنے چھ اُمّی ۔۔۔ حسب چون ہاشمی
ذاتُر والہِ بڈِ کرانے ۔۔۔ نبی مختار میانے
لولہٕ چانہِ سرورے ۔۔۔ مینے واٚلنجہِ گو بنجرے
یوہے چھوکھ زاہ نہٕ پرانے ۔۔۔ نبی مختار میانے

دین چون افضل دین
کتھکان تتھ قطب مِسکین
ستہ کس ییس نہٕ چون مانے
نبی مختار میانے

## محمد خلیل

اُمَتَ چھنے غم ناک یا شاہ لولاک
توہہ ہیوہ نہ کانہہ بیاکھ یا شاہ لولاک
وِچھِ ہتھ ژد یارٔی ! یکھ نا ییپاری
سِینَے منٛز جِھمُ چاک یا شاہ لولاک
یارَس سٕمکھ یار بٲدِکھ اِسرار
قوسین ییلہِ ژاکھ یا شاہ لولاک
از پیتہِ سوتنے دندِ ہیے بُہ کردُتنے
مونِس نہ کانہہ بیاکھ یا شاہ لولاک

عرضاہ بہٗ کرہٕ ژھنٹ        از کاسٕس اَنہٕ گوٚٹ
عالم چھُ غم ناک        یا شاہِ لولاک
ہول چھُم مینہٕ سینس        گرٛھہٕ ہا مدینس
رٕویس مُلتھٕ خاک        یا شاہِ لولاک
نورانہ جاری !        عالمس ژٕہ یاری !
آدمس بردہ آکھ        یا شاہِ لولاک
دٔرتھ ہیے . بہٕ دامنَ        لاگتم مےٚ یامنَے
دیدے مینے غم ناک        یا شاہِ لولاک
باگرِو رحمت !        کفرس کرِو لتھ
دشمن چھُ چالاک        یا شاہِ لولاک
کرتم مینہٕ نظراہ        نیرَے نہ نتہٕ زاہ
از لاگہٕ بے باک        یا شاہِ لولاک
پرتوَ ترٕ از        تراوُ رحمت ترٕ ننی راو
بر حسن و خاشاک        یا شاہِ لولاک
گٔنڈراوِ کیاہ ڈالی        منگرے یتے چھُم نالی
نے فہم و ادراک        یا شاہِ لولاک
اَتن یہ خلیلؔ        بہ پاسِ جلیل
بر روضۂ پاک        یا شاہِ لولاک

## سیاہ کشمیری

چشمِ عشقہ نارن کرٔی مستی جگرس کباب اسے نازنین
[illegible] تا پاہ سناو چھپھ بہ خواب اسے نازنین
اَمی چاڑ نورِ مطلقن دیت جلوٕ دردل عاشقن
پیدا کور کمہ حضرتِ حقن کیاہ آفتاب اسے نازنین
والشمس مدحِ روئے تو والیل عکسِ موئے تو
پیدا از رنگ و بوئے تو عطر و گلاب اسے نازنین
ژٕ ہے چھکھ شہ دین پروران ہم خاتمِ پیغمبران
ژٕ ییہ پیٹھ سَپٕد نازل قرآن ام الکتاب اسے نازنین

رحمت چھِے چانی خاک ہے منت پھِیے چانی افلاک ہے

بلبِتھے ہے [illegible] ہے گنز باب اے نازنین

گامتی منے پھم وانیجہ چالھ ان ہبر تو وحی فداک

ہر خدا ازروے پاک تھوڈ [illegible] اے نازنین

برانبیاو مرسلان تھوڈ پایہ چھِیے تھوڈ پھِیے ژنے شان

ادس خاصہ چونے سایہ بان چھِسِتہ سحاب اے نازنین

یامت تہمے تراوِتھ اکھ نظر در دست گویا گئے حجر

وچھ کافرو شق القمر گئے لاجواب اے نازنین

صدیق اکبر یارِ غار فاروق و عثمان نامدار

شیر خدا دُلدُل سوار آن بو تراب اے نازنین

سید چھُ آمت بے نوا بردر کرس حاجتھ روا

واللہ چھُ تس دادن دوا چونے لعاب اے نازنین

●

## غلام احمد مہجورؔ

آس برتل کاس خآری بوز زآری یا رسولؐ

برَتہٕ دِل اَز نورِ عرفان کرتہٕ باری یا رسولؐ

چھکھ بلاشک مالکِ کون و مکان، شاہِ شہان

چھےٚ شُبان دوٚن عالمن ہنز تاجدآری یا رسولؐ

عاجزن پیٹھ رحم کر، چھےٚ رحمتک دریاٚ ژےٚ ناو

اِسمِ پاکس چانہٕ ہے بو پآری پآری یا رسولؐ

کرٕی سیٹھا بدکار، اَسہٕ کر زِ دن کیاہ گو نیک و بد

پینےٚ زِ نخوت سگئے پریشان وآتژ خآری یا رسولؐ

سرزمینِ دِل گومتے پژ مردٕ، از جرم و خطا

رحمتک باران اَسہٕ پیٹھ تراد جاری یا رسولؐ

اکھ نظر کر رحمتٕچ، ساٚنی گژھن غم غومہٕ دوٗر

ڈیڈتل آمتی چھ با امید ساری یا رسولؐ

چشمِ بلاموٗ نظر کر، سَر ژھ تُل از خوابِ ناز

اکھ دَمہٕ وچھ عاشقن ہنز بے قرآری یا رسولؐ

ذکہٕ زٕد مہجور آمت ڈیڈ تل بوزُس صدا

فضلہٕ چارِ ژھس سیٹھاہ دومیدوآری یا رسولؐ

## غلام احمد مہجور

آس لارن یا شاہِ کونین — اَتھہِ داران یا شاہِ کونین

چھُس بہٕ تھاران یا شاہِ کونین — خون ہاران یا شاہِ کونین

یام ہاوکھ جلوہٕ النور — داٗدی لدِ دِل بلبم ژلہِ نم شر

یوہے آرزو ہیتھ دِلس اندر — چھُس بو پراران یا شاہِ کونین

عاشقن راتھ دوہ مدینٕہ کل — ناتوان کینہہ دوران چھہ حضرت بل

لولہِ چانہِ پکے ہیوان یوان بترل — چھی ژرٹے ژھاران یا شاہِ کونین

باغِ اِسلام وحدتُک گلشن — اوس شولان خراب کوٗر فلکن

ڈُوہن بینیہ دُبارِ پوشس پھولن — تراو باران یا شاہِ کونین

چانہِ وَتہِ لارنُک سیٹھا چھم ٹنز — اَتھہِ چھُون کونت واتہِ کرِ کیاہ سنز

چھُس فراقس تہٕ اشتیاقس منز — دوہ گذاران یا شاہِ کونین

فوجِ ظالم رٹتھ تیر و کمان — ناو ہینہ واکی چانی بے سامان

چانی یاری شفاعتُک سامان — تم چھہ گاران یا شاہِ کونین

آو مہجور، بر درِ سرکار !

بوز تس زار ہاو تس دیدار !

تس چھہ دآنیہِ چانہِ لوٗلُک نار

شولہِ مالان یا شاہِ کونین

## رفیقی

سیّد مدینک سردار دینک ملکِ یقینک ژُے چھکھ شاہنشاہ

رویے تو اگوز، موئے تو عنبر جسمِ تُو اُطہر لعلِ تو دل خواہ

جنّت چھُ شیران اَسمان چھُ پأران سأرس چھُ نیران مقبولِ اللہ

اَزکھارِ جانس رَب آسمانس صاحبِ شانس صلوات اللہ

ساعت بہ ساعت چونے اطاعت ییمی کرُیہ طاعت تمُ پرود مولا

ہأوِتھ ییمس وَتھ تمُ زیوُن جنّت ییمی ترود بدعت تس کیا چھُ پروا

ہأوِتھ زیارت گاٹِجھ شرارت آیِ بشارت نصرٌ من اللہ

توحید پولُت تثلیت گولُتھ تکلیف ترولُتھ للہ باللہ

یِم دینہٕ نِشہِ ڈلِی نارس اندر گیِ یِم شرعٕ نِشہِ ژلِی تِم مۆدی گمراہ

اے گنجِ رحمت چھی چانی امّت چھِم چانی منّت یِنہٕ ترادِ ہم زاہ

تھرِ چھِم نہ دانی سَتھ چھِم منے چانی تھوَ فکرِ میأنی للہ وفی اللہ

چھُم ہول سینس گژھہٕ ہا مدینس تس نازنینَس وندہٕ ہا جگرہا !

حقہٕ سندِ سایے کر میون پایے بوڈ چون سایے تھز چانی درگاہ

چھُم ہول چونے وندہٕ ہیے کردنے بوڈ شانہٕ چونے اللہ اللہ

نیکی کرُم نہ مولے سۆرم نہٕ پروا بوزُم نہ استغفر اللہ

یوّد وَے رفیقی بوڈ منت بہ عیاں چھُم چون ارمان الحمد للہ

•

## صمد میر

قد چونے وچھ منے بالا  یا محمدؐ مصطفےٰؐ

حدو ! حد عرشِ اعلیٰ  یا محمدؐ مصطفےٰؐ

نامِ پاک چون ہیٚون چھُ دشوار  نِشہِ عطّار گرٛھہِ ہا

صد ہزار بار زیوٕ چھلہِ ہا  یا محمدؐ مصطفےٰؐ

ہر صبا درود ہِ صلواۃ !  ژھین نہ تحفہٕ اکھ زیوٕ تہٕ آن

پانہٕ سوزان حق تعالیٰ  یا محمدؐ مصطفےٰؐ

پادٕ کورنکھ پاک ذاتن  آسہٕ نکھ نے آسہٕ کیا

سارنے پیٚشن تہٕ پیشوا  یا محمدؐ مصطفےٰؐ

نورٕ پادن قبلہٕ کرونے  تن تہٕ من میون تے فدا

ژھے ولِک گاہ ژھے شاہنشاہ  یا محمدؐ مصطفےٰؐ

خفہ دِلس چھم زورِ وَدِہا      اورِ گژھہِ نا اکھ صدا
اُسِ چھہِ غافل توبہ مشا زاہ      یا محمدؐ مصطفیٰؐ

نورِ چونے شَن طرفن      نورِ برٔی تیو چھُس وُچھان
حورِ مند چھان اَدِ دَرِیا ماہ      یا محمدؐ مصطفیٰؐ

تنگ دِسَس عاجزس      بے کار کَسبس پچارِ کیاہ
وارِ سَتھ چھم لارِ درگاہ      یا محمدؐ مصطفیٰؐ

غمہ زولانے سَراپا      دم بدم چھُس مبتلا
ہیکہِ یوّ دوَسے کریکہ دِمہِ ہا      یا محمدؐ مصطفیٰؐ

گردِ نعلین سورمہِ بالا      لاگہِ چشن چھُم دوا
سرِ برٔ عرشس تھٔپر ژرٔج نا      یا محمدؐ مصطفیٰؐ

شکہِ سوا بے شکھ منے چھُم راہ      نکھہِ یِیم کَسُ ژرے ہوا
ذکرِ زدس سیتی کَس چھہ دعوا      یا محمدؐ مصطفیٰؐ

قیمتی سون نام آگاہ      ہر دو عالم سورِ ما
اُمتی چون پرِ پیٖیا زاہ      یا محمدؐ مصطفیٰؐ

دِلِ منے چاَنی دم کیا گژھی کم      تراوتم لوزِ مکے رِدا
غم ژلیم الحمد لِلّٰہ      یا محمدؐ مصطفیٰؐ

یا منے چھُم راہ یا منے چھُمّ نا      شاہ منے چھم اُمّت پناہ
کیا صمدَ میرس چھُہ پروا      یا محمدؐ مصطفیٰؐ

●

# صمد میر

پئس گوس دِس رکھ تم نے ژِرے
اے شاہ رسولِ عربیؐ

ئبس چھےِ غمن غم خوار توٗہی
اے شاہ رسولِ عربیؐ

صد کوفرِ چھلِہ ہا زبان
اد کرِ تہند آسُن بیان

تو تہٕ ما گژھم بے ادبی
اے شاہ رسولِ عربیؐ

تعشوق بہٕ چھُم بے قصورٕ ہے
معشوق بنوون نورٕ ہے

عاشق سہٕ پانس پانہٕ چھے
اے شاہ رسولِ عربیؐ

نعت و درود صلواۃ سہی
ذاتن عطا کرٕ نے وُجی

ختم النبیؐ دوپ نے ربیؐ
اے شاہ رسولِ عربیؐ

اولے تمو سجدا دِتے
در سُجدٕ مونگھس بس یِتے

مغفرلہٕ اُمتِ اُمتی
اے شاہ رسول عربیؐ

ژِرے شانہٕ بوڈ ییلہٕ بانہٕ آکھ
بدعت خانہٕ بگئے در زیرِ خاک

کفرس سپیز دلیوانہٕ گی !
اے شاہ رسول عربیؐ

نَفسِ اَمارن کرُیٔ خراب — ـَنے وُچھ گونہاہ بییٚہِ ـَنے ثواب
گپھر ـکۍ اُببرَو تلّ یہِ ہٕہے — اے شاہ رسولِ عربیؐ

وَدِنا غمکُـ سألاب کھوٚ تُم — از غرقِ آب گوس وابہِ گُم
کاہنہ چارٕ کر لاچارٕ چھی — اے شاہ رسولِ عربیؐ

چندٕ چھوٚن بہٕ چھُس درشمارٕ — مند چھان ہٕے، ما کاہنہ کارٕ بار
وٕہٕندٕ چھُم رِواں کٔس بادٕ تی — اے شاہ رسولِ عربیؐ

تم چھم دِلکی حُبّاب یوان — وَدٕ یوّد وَدَن یم آسمان
کوہسارٕ رٔٹن شرمندگی — اے شاہ رسولِ عربیؐ

ظلم و ستم چھم وار یاہ — علم و عمل کرٔ ـمے نہٕ زاہ
کلمکُـ اثر در دِل ـنے پچھُـے — اے شاہ رسولِ عربیؐ

زٔلہِ ہا تہٕ زٔلہٕ نس چھم نہ جاے — مٔلہ ہا اُچھن یِوَن خاکِ پاے
بلہِ ہا اٰنِس تے گاشِ تہی — اے شاہ رسولِ عربیؐ

اے شاہ دو عالم فا ! — وٕہٕ متی چھ اُسی بر پور خطا
لاتقنطوٗ چھُم بوٗز ـمُتـٔ — اے شاہ رسولِ عربیؐ

غم چھُنم سَموٗ محشر تمام — وٕہٕ متکہٕ بدل نیرن امام
ہیٚمتکـ کمر دس بسترٕ پُـحھے — اے شاہ رسولِ عربیؐ

از چھُس بہٕ صد بستر بیمار — عاٗجز کران چھُس زارٕ پار
حضرت اوٗیسؓ اڈنمٔ تشفیع — اے شاہ رسولِ عربیؐ

اے شاہ سٔنے کٔن کر اکھ نگاہ — سر تلہٕ بنہٕ نا کیمیا
یوٚد موٚرد دل سے نبے زندگی — اے شاہ رسولِ عربیؐ

وُنی کہو چھُ وَق کُنی کینہہ یٮ۪و — نالایقس نظراہ کرُد
راہ زد چھِ تاہم کیاہ چھُنی — اے شاہ رسولِ عربیؐ

رحمت چانٮ۪ بر جوش چھَم — کانہہ مَتہٕ تراوُ تن اَز کرم
سارٮ۪ اُمید دار آمتی — اے شاہ رسولِ عربیؐ

یٮ۪نہٕ ہوو تھم حسن و جمال — تنہٕ پھول متے دِل غنچہٕ بے مثال
چھُنہٕ اکھ ذرے تتھ نِش سری — اے شاہ رسولِ عربیؐ

سامانہٕ رٔوس پیٚوس سرِ راہ — یا من تو کس یی چھا روا
خامن کرِو نا پھِنتہٕ گے ! — اے شاہ رسولِ عربیؐ

ہیکہٕ کیا بہٕ چانی تعریف کرِتھ — تمہٕ ستی زمین اسمان برٕتھ
غم دِل سیٹھا چھُس آمتے — اے شاہ رسولِ عربیؐ

سیم تن پتھے آنہٕ کھوتے صفا — جیم رخ زلف موی سیاہ
خویے شکر ذاتن دِتے — اے شاہ رسولِ عربیؐ

اچھ مے چھم لوسم زبان — بس چھُس بہٕ یس امن و امان
السلام علیک ایّھا النبیؐ — اے شاہ رسولِ عربیؐ

ژھاران ژٕ گوناہ گار سے — تھاران صمد میر لار سے
پراران سٕہ نمبل ہار پتھے — اے شاہ رسولِ عربیؐ

## صمد میر

گاہ چون ڈیشتھ آیس لارن
شاہ سون ماہ ستارن آو

کیاہ لوب زینتھ ییمہ سسارن
شاہ سون ماہ ستارن آو

چانی آواز پییہ در شہارن
زان گیہ نزدیکھ سانی روز گراو

دانی دانی گاجنم چانی اتارن
شاہ سون ماہ ستارن آو

ہرنا خون منز چھس پان مارن
کرکیاہ سر منز راوم ناو

ترنا بہ تر ستی امیدوارن
شاہ سون ماہ ستارن آو

سنز چھنز تتر پیٹھ ووتم پرارن
ونز کس سوزم صحبک واو

منز چھس ہینز آمتر دشوارن
شاہ سون ماہ ستارن آو

لسُہ لسُہ چھم بیٹھ والپس مارن — تس رلہٕ زندگی لیس تر دراد
اُسہ کرِی غافل نفس اَمارن — شاہ سون ماہ ستارن آد
نیہہ کاس چشمن گوش آس دارن — بینیہ پیتر ساتھا کر ٹھہراد
کبنہہ گرٹھ بوزتھ اَدِ اَتر غلارن — شاہ سون ماہ ستارن آد
دیانہٕ ینہٕ ڈلہٕ ہم واتے اِشارن — زانہٕ کھے پرانہٕ زورٗ کانسہِ مو باد
بانہٕ تمہِ کے دِتِن واصل کارن — شاہ سون ماہ ستارن آد
کھے کاس ناحق کیا زِ چھکھ کھارن — پلے بوز لیہ سیتی دے اَکھِ تھاد
شے تراوشنی یاہ زیون یا پارن — شاہ سون ماہ ستارن آد
سُدرس تہٕ صدفس پچھے کنی دارن — لدُرس تہ موکھتس بیون بیون ناو
حدِ روس سندر چھم دم دارن — شاہ سون ماہ ستارن آد

چھپہ ہیتھ بنہٕ دِل ہشیارن
تی سیدی ینیمیک ہوٗ حیٔ ناد
تی وچھ صمد میرِ نمبل ہارن
شاہ سون ماہ ستارن آد

●

## غلام رسول کامگار

چھِسے یَدِ نظر چانِہ روٗضچ میہ جاآلی   رٹُھتھِ سوٗ ے کرٔ ے ساآری حالت حاآلی

دِلک جذبہ ہُری نم میہ ساعت بساعت   ہَہ گرتھی نم مۄنیہ کاںٛہہ لمحہ کاںٛہہ لحظ خاآلی

خجل یام سُنس بو در روزِ محشر   دٔزِم تام ژھیپ زیرِ دامانِ عاآلی

ژٕہ مالِک گرٔکٔ اسی گدا چانِہ بر تل   نبیؐ چاآنۍ مہمان اسی چھی سواآلی

زماںٛنک زمیٖنک مکاںٛنک مکیٖنک   ژٕہ آقا ژٕہ مولا ژٕہ مالک ژٕہ واآلی

یَگِیمَ تازہ اُمید مہرازہ ڈیشتھ   چھ مرسل طفیلی بدر بارِ عاآلی

تُبَن رحمتک تاج نوری عماس   سَجن موخنہ مالَن چھِ لُولُو تہ لاآلی

ڈیٖلک سجدٕ بیشک شبٔن سوئے کعبہ — دِلک سجدٕ ما چھُے جنوبی شُمالی

سزاوار چھُے تتھ خدایِ محمدؐ — سزاوار یتھ مُلکِ عُشّاقک چھ والی

ندا چھُے دِواں اکھ فقیرا برس تَل — اتھس منز عصا چھُس تہٕ چھِس جوٗلی خالی

چھ بے روح دِلے جذبہ آواز میاُنی — چھ کَن مُنتظر بَرادانِ بلالی

زُرُر حفض ہیتومُت لگنؐ بارغِ دِپنس — منگَن رحمتک رو دِ چھے ڈالی ڈالی

جُراثیم لگی قسی چھ برگَن تہٕ لنگَن — فنا گژھنہٕ سپدٕنی یہ سارے نہالی

چھ گلچین دامن بَرَن بے تحاشا — نگہداشت تھوچھکھ نزہٕ مالی تہٕ والی

چھ حاضر پریشان و حیران ساری — اُبالی گمتی اُسی تہٕ تہی لا اُبالی

نِکمس دِناں کامگار اُچھ دِتھِ تکھ

یِمسِ بانہٕ خالی یہٕ حفض پانہٕ خالی

## عبدالقدوس رسا جاودانی

شبہ اکہ اُسی آسی پیٚزِنس حسابس
اُسہِ ڈیوٗٹھ جلواہ خوابس منٛز
بخت اوس بیدار اُچھ نیٚندرِ خوابس
اُسہِ ڈیوٗٹھ جلواہ خوابس منٛز
نوٗرُک تاج اوس بر سٕر جنابس
لولاکے شوبان تمتھ گوہر ا
بتھ اوس وودشہِ لنَ تتہِ اَفتابس
اُسہِ ڈیوٗٹھ جلواہ خوابس منٛز
تنہٕ کتہِ جاے آس آبس تہ تابس
پیرزِلنَ اوسکھ روے انور

شِلہِ ہنز باش گیہٗ دِلِ بے تابس
اَسہِ ڈیوٗ ٹھ جلواہ خوابس منز
ژمٕی وچھنہٕ میانِس گونہس ثوابس
رَبہٕ پیٹھ تہٕ زٕژٕ تراو افتابَن!
صِلہٕ میوٗل عشقٕن دِل بے تابس
اَسہِ ڈیوٗ ٹھ جلواہ خوابس منز
اَسہِ اوٗن نہٕ ایمان کانہہ کذابس
نبیؐ یس اَسہِ تھووٗن کانہہ ہمسر
اَسہِ ووٗن نہٕ قلزم ہرگز حبابس
اَسہِ ڈیوٗ ٹھ جلواہ خوابس منز
نَیہٕ چھو کھ تہٕ ستی تھووٗ رٕھنَن ربابس
شاعر شہٕ چھا کِنہٕ جادوگر
لبہٕ ادٕ کیاہ کوٗر پرٕ ژھ مضرابس
اَسہِ ڈیوٗ ٹھ جلواہ خوابس منز



# میر غلام رسول نازکی

سحر وقتن پھلے لج ہرز چھنے گوشن
چھنے سنگر مالہ طورکی پاٹھی روشن
دلن منز یا محمدؐ پوشہ لوٗر بن
زبوٗن ییٹھ یا رسول اللہؐ چھ لوشن

٥

چھ بیوٗن بیوٗن عالمن بیوٗن زمینا
اگر تنہٕ آسہٕ کانہہ تس آسہٕ دینا
پننہٕ پاٹھن پنن مکہ مدینا
کُنے چھُکھ رحمۃ للعالمیناؐ

٥

چھ کعبس سنگِ اسوٗد داغ سینس
عرق چھس زمزمک پشپان جبینس
سبٹھاہ ازمارن چھس بخشس نہٕ ذاتن
شرف یُس تمہٕ عطاکوٗر مت مدینس

٥

مُدپنُک شام زُلفَن شانہٕ طوٗرس
مُدپنِچ راتھ چھُشمَن سورمہٕ نوٗرَس
مُدپنُک صُبح پَرتوَ شَش جہاتَس
مُدپنُک دوہ جِلا دِلہٕ کِس حضوٗرَس

٥

یِہ ہے عزّت یِہے چھَم نیک نامی
اَمی چیٖزَن کوٗرُس نامی گرامی
کھورَن تَل چھِم سکندر جمَ تہٕ دارا
جُبینَس چھُم تہِنٛد داغِ غلامی

٥

اگر ژھانٛڈکھ ژٕ دُنیا دیٖن راوی
اگر دیٖنے رَٹکھ دُنیا گژھی ناش
دُچھِنۍ اَچھ دیٖن کھوورٕ اَچھ چھُہ دُنیا
محمد مصطفیٰؐ دوٗ شوٗنۍ اَچھن گاش



## عبدالاحد زرگر

چھُ سردار عالمن ہُند سرورِ مَن

چھُ حضرتِ مُصطفیٰؐ بوز رہبرِ مَن

سُہ نَے آسہِ ہی صِفات کَتہِ آسہِ ہی سَن

سُہ نَے آسہِ ہی تہِ آسہِ ہی نہٕ جانِ جِسمَن

سُہ نَے آسہِ ہی تہِ آسہٕ ہی نہٕ گُلِ شیُٛ

سُہ نَے آسہِ ہی تہِ آسہِ ہی نہٕ گُن فیکُن

ییٚلے سُے آو تیٚلے آو گاشس چشمَن

ییٚلے سُے آو تیٚلے آو ہوشَس درتَن

ییٚلیے سُے آو تیٚلیے آو دوہ تہٕ شُب وَن

ییٚلیے سُے آو تیٚلیے آو لوح قَلم زُن

ییٚلیے سُے آو تیٚلیے آو جِن مُلک زُن

ییٚلیے سُے آو تیٚلیے آو پٕرُتھ اَکھاہ فَن

ییٚلیے سُے آو تیٚلیے بُلبُل چھِ نالَن

ییٚلیے سُے آو تیٚلیے پھُلی گُل تہٕ گُلشَن

اَحد زرگر مَنگان تمُی سہ چھُ اِمداد

ییٚمِس ناو رَحمتہً لِلعالمینؐ وَن!

# دیٖناناتھ نادِم

سوٚنہِ تہٕ زیٖٹھ نظر تارِ مۆنٛد مُژھیٖلؠ گاش
ہیوان چھُ کھعنہٕ کاینٲتس ہکران چھ سپٔرن فاش
پُزِس دِوان چھُ کۆدلؠ باطِلس تلان پرٕخاش
وُڈٲو چھُ عشقِ اینٛچھان ییٚلہٕ یکمن چھُ نیران واش

کڈان برادٕ چھِ نوٗ وَتہٕ پکان چھِ برٛونٛہہ برٛونٛہہ آش

منٛدان چھِ عشق سمنٛدر، عقل بُنان آکاش

سوٗہنٛز تہٕ زیٹھ نظر ماری ہوٗند مُژھیٚل پرٛاگاش

وۄہ تھان چھِ نِندرِ وَچھس منٛز قلندری انداز

وزان چھِ آرٕ گرٕزان شانہٕ لوٗڈ یہٕ فقُرک ساز

بَران چھِنے گوٚڈٕ بیٚلہٕ ہیتس شرا نیچ آواز

گرٛھان چھِ ہنہٕ ہنہٕ افشاء موٚحبتکی سُنٛز راز

تھدان چھُ آدمٕ تَدبیٚلہٕ گرٛھان چھُ افشا راز

وۄہ تھان چھِ نِندرِ وَچھس منٛز قلندری انداز

پکان یہٕ وَتھ بیٚلہٕ اَسہٕ کیٛنٛہہ نوان چھِ ساٚنی کٔشیٖر

پُرٕس پرٛزِس چھُ گرٛھان مثل بنے یہٕ ساٚنی ضمیٖر

تگوٗ اُمہٕ سٕے تہٕ دِل پھاٹھلود چھون ضمیٖر

سَیٹھاہ وسیع چھُ آمیٚنگ سرٛینٛہہ تہٕ مایہٕ ہیٚوت تاثیٖر

تہٕ لاٚرجاہ و جلالس چھُ ساٚنی نان شعیٖر

دُعا سلام تہٕ الٰہی ثواب جبر قبوٗل

کٔشیٖرِ سانہٕ رٔنیشت نوٗمہٕ فخرِ حبِ رسوٗلؐ

# دینا ناتھ نادم

تصور تہندِ رویک آو مشخص گو گلابس رنگ
تہندی پھولہ ونی ڈیہن دیت اوبروے گاشری سنگر مالن
نوبک پے تہندِ سروِ قامتک قد دزاو پانژالن
تہندی والیل موین راز تھو سرنیہہ ماہتابس رنگ
تہنزِ خوشبوے بوئے عنبرین سوے آفتابس رنگ
تہنزِ آواز عشقک راز شدرا باگرِ تھ پیالن
توہی ونی نوبہ اکہ ہوت لوو دِل کمہِ آبہ سنبالن
کریم نے لول اتھہ روٹ کیا لگِہم دِلہ کین حبابن رنگ

پنزر دوسی سمندر آشتہ روس نورِچ عملداری
یہ میانی ژھسہ دار اتھ منز یتھ بنمس یا ہتھ بنمس لاگن
چھ آگر عالم نورک کنے اتھ منز وپن ساری
جگر بمرِ پور آستھ لولہ ہوت یتھ باسہ تیتھ باسن
اگر وچھ آسہ نوڈ لچھ دادی آستہ تس مچھ گتہ منزگاہ
ییمس پوز حب چھ تس ستی رحمتِ رسول اللہ

●

## مرزا غلام حسن بیگ عارف

حضرت بلہِ کس بونہِ شہجارس    وَنہِ سردارس اُمتک حال
وَنہ سردارس نبیؐ مختارس    وَنہِ سردارس اُمتک حال
نور نرآدکھ چھ اُسی لاراں نارس    سپنہ مُترِ رآدِ بتھ بادس حال
رِپچھتِ اکھ نظر کرہِ بیمارس    وَنہِ سردارس اُمتک حال
تبیع ترأد اَسہِ نأٔلی زُنارس    کُنہِ رِچھرِ رزہ دوٗل شرکن نال
وَکھ ڈأج پأنسو دُنیا دارس    مذہب کُنی کُنی سۆنبرن مال
مذہب ناو اَسہِ کور باپارس    وَنہِ سردارس اُمتک حال
حاجتن راوُر دین لاچارس    وَنہِ سردارس اُمتک حال

اِیرِہ گیبہٕ ناد اَسہِ واو گرٕ کارس          یا حیات النبیؐ اَسہِ بوڈ کھال

بُڈ سِتھ چاٲنِ چھم گُنہگارس          وَنہٕ سرِدارس اُمتُک حال

نفسکہ یارِ بلہٕ گینڈ تکہٕ تارس          اَہلیپن چشمن پییہِ زٕلرِی زال

پیروی کٔر اَسہِ نفسِ آمارس          وَنہٕ سرِدارس اُمتُک حال

ظاہر زون اَسہِ حاصِل کارس          باطنس سیتی گوز اَسہِ بجال

دینہٕ دُنیا اَسہِ گاٹہ پھو زارس          وَنہٕ سرِدارس اُمتُک حال

خاکس کیمیا نور بنہٕ نارس          زندگی پھیرِہ اَسہِ پییہِ اقبال

رحمتک آلو گژھہِ ناکارس          وَنہٕ سرِدارس اُمتُک حال

عارف چھُ مشتاق از دیدارس

یا نبیؐ دُتک پیرِو تھوٚد کھال

دور پیر روک چھُنہٕ تولہٕ اظہارس

وَنہٕ سرِدارس اُمتُک حال

•

## مرزا غلام حسن بیگ عارف

اُمیا تیتھِ علمکُ سودراہ اتھاہ
نٔہ ییتھ جبرِیل ییتھ آگرٕ اللہ !
شوقہٕ پر صلّے علیٰ صلّے علیٰ

کوثر و تسنیم ییتھ دریاے فیض
رحمتکہِ اَتھہِ باگراں کمہٕ یاہ نہ زاہ
شوقہ پر صلّے علیٰ صلّے علیٰ

صادق القولاؐ امینا مصطفےٰ
سُہ دِپرِ سۭتھ سُی چھُ دیدن جلوہ گاہ
شوقہ پر صلّے علیٰ صلّے علیٰ

شوق و جذبک آگہی ہند سُی امام
منتہا سُی قاب و قوسینک شہ شاہ
شوقہ پر صلّے علیٰ صلّے علیٰ

کُن و نٔیتھ دون عالمن تٔی دیت گٔنڈ
دِل عقس کُن تس، عقس تس کُن نگاہ
شوقہ پر صلّے علیٰ صلّے علیٰ

غلبہ نفس، کوّر تہ چشمن پردہ پیو
عقل کافر آدمس دل گو سیاہ
شوقہ پر صلے علیٰ صلے علیٰ

تریش رتھ ادس اکینکہ لٹ عربس غذا
علم و عرفاں تس دِتُن تاج و کلاہ
شوقہ پر صلے علیٰ صلے علیٰ

پرِ حکمتچ عدہلہ تہ عرفانٔچ کتاب
عقلٔکاساں کھے دِلس بخشاں نگاہ
شوقہ پر صلے علیٰ صلے علیٰ

بر ونٹھ پکھ ژرہ تہ خاک سپدی کیمیا
اتھ برس پیٹھ پرتھ گدا سپدان شاہ
شوقہ پر صلے علیٰ صلے علیٰ

تھندِ پرِ عشقچ دانی یُمی لب سُی چھ شاہ
یس تسند حب سُی چھُ محبوبِ اِلٰہ
شوقہ پر صلے علیٰ صلے علیٰ

جاے در دل ماے، تھندی عارفس نورہ تھندنک لبہ لرٹ گنہ پوس گاہ
شوقہ پر صلے علیٰ صلے علیٰ

## عبدالجبار خاموش کریری

اے شاہ خوبان کیا مجھکھ شوبان
دِل یچھم لوبان اللہ اللہ ۱

والشمس رُویَس والیل مویَس
اتھ نیک خوئیس اللہ اللہ

مجھکھ سون سرور پادان وندے سر
رحمتچ نظر کر اللہ اللہ

غار از مدینہ آرام منے یلی نا
اے ناز نینا اللہ اللہ

ازلی تَنے عـار ہادِسم مےٚ دیدار
چھم چشمہ خونبار اللہ اللہ

اے ماہ جبینا شـاہِ مدینہ
دۆد میون سینہ اللہ اللہ

للّٰہ دِتم ناد بوزِتم مےٚ فریاد
کرتم مےٚ دِلشاد اللہ اللہ

اے خاصِ بارٕی کرتم مےٚ یاری
ترادِم مےٚ ساری اللہ اللہ

چھَم منٕز کامن روٚزٕتھ چھون دامن
نتہٕ لگہٕ پامن اللہ اللہ

کرڈیشھٕ اے کاش وَندہے پَنُن گکاش
چھَم چانٕی مُبدٕ آتش اللہ اللہ

اے شاہِ عالم نظرے بہ حالم
تاکے بہ نالم اللہ اللہ

عاصی بہٕ خاموش عرضی بُھقوم گوش
پھولہٕ نم دِلکہٕ پوش اللہ اللہ

# غلام محمد مشتاقؔ

مدٕینک آب موتس پے حیاتک
مدٕینک خاک چشمن سورمہٕ گاشک
مدٕینک واو خوشبو کائیناتَس
مدٕینک ناز دوزہٕ جاراہ شبابک

# غلام محمد مشتاق

دِلن تسکین گُلن بخشاں اَسن گفتارِ آنسرورٕ
شفا مرضَن، دٕ دادٕ دٕن، میہٕ چھُم دیدارِ آنسرورٕ

خدایُن موٗن تَس پزٕ لازِمن آسُن نبی سُندٕ پزھ
چھُ یَس اکھ بندٕ مولا چھُ سُے اکھ یارِ آنسرورٕ

پِھَن پیغمبرن افسر، خدایس ٹوٗٹھ، اَسہِ رہبر
اَچھن ازٕ رُے چھُ نوٗرس سوٗرٕ انوارِ آنسرورٕ

جہانن نُسخٕ داراہ آز مادِن کٔر تجلہ پوٗلی سٔپدِس
دِواں اِہٕ پنُن ضمانت عالمس کردارِ آنسرورٕ

مو کرٕ مَس چیونہٕ مُشتاقن شکرِ اللہ تعالیٰ سُند
اَمِس کِرٕ کوٗثرس پیٹھ تریش ہیتھ تہٕ پرارِ آنسرورٕ

## غلام احمد فاضل کشمیری

بس ژٕے شہہِ لولاک چھکھ عالی مقام اے نازنین
گژھان چھی کران شمس و قمر ہر صبح و شام اے نازنین

اے صاحبِ خُلقِ عظیم شیدا ژٕے چھی صد ہا کلیم
غنچہ دہن چھکھ دُرفشاں شیریں کلام اے نازنین

چھُنے کرم دِوِن عالمن زٕ بے نشمہِ شرف لوٗب آدمن
پیغمبرن تہٕ مُرسلن ژٕ بے چھکھ امام اے نازنین

تاباں تہٕ روشن باوقار تارکھ چھہ دینکھ ژٕ ور یار
منز تارکن شوبان ژٕ چھکھ ماہِ تمام اے نازنین

فاضل ژٕ کر عرضِ سلام سیدی ژٕے ماز ہمکلام
ونتس مے کمرس غم تہٕ ژام دِل پھٕٹنہِ آم اے نازنین

# رحمٰن راہی

یَتھ ماٰدی منٛزرَ زاو ٚ سہ اَنہار محمدؐ
یَتھ لول کران کرزاو ٚ سہ کردار محمدؐ

یُس وُزی یہ بدبن غارِ رٹھتھ تیوٚ ٹھ سہ زھوپ رِسر
پیٹھ بالہٕ نِمیٖشک گرزِ زچھ سہ اِظہار محمدؐ

ہَنگدار ابو جہل تہٕ ما ہٕنس یہٕ پَنٕنٕز ہٕرُ
چھوٚن داس بِلالاہ تہٕ مددگار محمدؐ

یِیمٕ زوٗن تہٕ اَفتابہٕ تہِ کوٚشُر وٚٹ یُس شٕہ مسکین
یُس فاقہٕ پھری شوٚنگ سُہ شہریار محمدؐ

رَتٕنز ناوٕ یٕہِ یُس دِراپہٕ رِسیِج راگ مُدیٚچ
یَخلاص مُنٛدی ہُنٛد سُہ خریدار محمدؐ

یَس ہٕرو تِمہٕ کٕنٕنہٕ کوہٕ اُحد تھارٕ سُہ بلوان
یُس شانہٕ شُرٕ بن دارِ سُہ تن دار محمدؐ

زٕتِیٹھ سوٚتہٕ ضمیرٕک سُہ گُل اندام پیمبر
خوشبوے خیالچ سُہ مُشکدار محمدؐ

شاہدِ چھِنے یَتِنز اَزتہٕ قرانچ یہ ہِشِہ بَلَے
سُے میتوٚنہٕ مَدنوار مُرٕ مُشیل یار محمدؐ

مُدٕ ریریَتِ نٛد نعت یِران کُٹاشرزِ نوٚ لوب
بے شک چھُ سُہ بوٚڈ صاحب گفتار محمدؐ

# رشید نازکی

کاینا تک شباب چھوِن وجوٗد
کنت کنزاً ہ جواب چھوِن وجوٗد
چانہِ حرمک زوار پرٔتھ موجوٗد
پرٔتھ حقیقت تہٕ خواب چھوِن وجوٗد

ہ

روزِ ایقان شب گمانچ دژے
دَرجہ پتھ دَرجہِ آسمانچ دژے
وجہِ تکمیل پرٔتھ جہانس چھُکھ
کانہ یاسپنہ چانہِ جانچ دژے

ہ

چھوِن گُل رُخ چھُ بلبلَن اوراد
تھوٗدوٗتھ سینوٗد تہٕ خم گرٔدن شمشاد
سرو مازاغ باغ میثوٗتےژاکھ
دِل تہٕ جگرٕ کرٕ وٗجارٕ گےٗ آباد

ہ

نوٗرٕ لاگِتھ مںٛے دارِ کِنہٕ آہم
پوٗشِس پھوٗلہم تہٕ دارِ کِنہٕ آہم
دِپن دُنیا وَنٛدَے بہٕ پٔرتھ قدمس!
یا مُزمّلِ سِپارِ مَنٛز آہم

٥

پٔرتھ دِلس نادِ یا رسول اللہؐ
واو فرِد یاد یا رسول اللہؐ
پٔرتھ کُنٛدِ لس بر زبان درودِ حضور
پٔرتھ گُلس یاد یا رسول اللہؐ

٥

ابرِ رحمت چھُ ہانگہِ بن ژھانڈان
آیہٕ پٔتھ آیہٕ زٕن وَسان فرمان
یِتھ وُوشِس راز یوت تہٕ خاموشی
زٕن مجسّم چھُ سورۂ رحمٰن

٥

اَچھِر ند وُژھ تہٕ الکتاب بنیاو
مُرژِ بازار لاجواب بنیاو
حال پٔتھ کال نوٗتھ استقبال
پٔرتھ وُچھ دِس مُرشِدِ شاب بنیاو

# سیّد نبیہہ احمد اندرابی شہید

خُلاصہ چُھ حُسنک جمالِ محمدؐ — حیاتِ دو عالم زُلالِ محمدؐ

چُھ جاہ و حشم روز و شب سر بسجدہ — وقارُک تھزر دُچھ جلالِ محمدؐ

سَماءِ عروج و بلندی تماں گوَ — دُچھتھ ارتقاءِ کمالِ محمدؐ

سمندر چُھ نورُک بَنان قلبِ مؤمن — یُتھے پادٕ سیدان خیالِ محمدؐ

بہ محراب و منبر بہ مسجد بہر جا — پسند پد چُھے قیل و قالِ محمدؐ

چُھ شوُبان تسُے تاج شاہی واورنگ — نُمِتھ تُس سَپُن پایمالِ محمدؐ

چُھ دربار دُربار شاہِ رسالتؐ — پَناہ تَس بَنی یُس بلالِ محمدؐ

قسم مہر و ماہک شہادت زَمانچ — چُھ ایما بانوار و سالِ محمدؐ

سمندر چُھ عرفانکی گزرا یہ ماران — غلامانِ اصحاب و آلِ محمدؐ

دٔو دُم سینہٕ دل خُچم سراپا تمنّا — منے در خواب بَنہٕ نا وصالِ محمدؐ

شہیدس چُھ سرمایہٕ دین و ایمان!
کُنِے جلوٕ از زلف و خالِ محمدؐ

●

# سید رسول پونپر

نوٗر نوٗرے ہسا دیدارِ رسوٗلِ عربیؐ
تاب کُس اَنہِ وُچھِ انوارِ رسولِ عربیؐ
والضحیٰ، واللیل، یٰسین وَنہ یِیَن حق تعالا
مےٚ وَنُن کیٛا سا تکیم نعتِ رسولِ عربیؐ
شُہ چھُ اکھ نغمہٕ نثرانٕ عرشہٕ فرش وٲتِن ہنٛد
نہٕ چھُ حق پانہٕ طلب گارِ رسولِ عربیؐ
چاکھ ظُلماتہٕ گنہٕ گوٗو نہٕ گیٛوٗونا وقتس
شولہِ افتابہٕ شُدرٕ مارِ رسولِ عربیؐ

تہِ گوٚمُت اُزی چھُہ ننتے گژ اسمان درِ محشر
چھُہ ترٕن تارٕ وٕسینٛدِ تارِ رسولِ عربیؐ

زِندٕ معجزٕ قرآنٕک مُشرِتھ چھُکھ نہٕ آے
مالہِ موٚ کھتچھٕ بیٚنیہ پتٕ تارِ رسولِ عربیؐ

کُلُم تہٕ کُنڈ جِن تہٕ ملایکھ چھِ پران صلی علیٰ
تارکن زوٗنہٕ تہٕ انوارِ رسولِ عربیؐ

چھِ تھپکانٕ اسی تہٕ ٹھکو کونہٕ محمدؐ اسہٕ ڈٔکھ
زِندٕ تھاوِتھ اَسہِ ایثارِ رسولِ عربیؐ

پدِ پدِ سانہٕ کُشپرے گاہہ وِنی گاشہِ منار
ڈٔکہٕ جُرٔی جُرٔی ٹکہٕ آثارِ رسولِ عربیؐ

پایدٕ آری چھِنہٕ کنہِ روزِ فقط ٹمٕ سٕنٛز ذاتھ
پوش ہروِن روزِ گُفتارِ رسولِ عربیؐ

چھُہ خدا راضی محمدؐ چھُہ اگر اَسہِ راضی
ویرِ تھٕنزے ناو گلزارِ رسولِ عربیؐ

●

## لگہٕ بآتھ (وَنہٕ وُن)

بےتاب گاٗمُتۍ چھَس پیراراَنے ییہِ جانانس دِیہِ دیدار
مکہٕ مدینٔے نوتن) دراو پیاسَنے ییلہِ عالمس آو سون سردار
پوٗز کھوٗت عرشس اپٕنۍ پھُٹ پلٕکَنے ییہِ جانانس دِیہِ دیدار
فُرقانِ مجید آو اَسمانَنے امانت دار چھُس سون سردار
عالمَس تمی کوٗر اعلانَنے ییہِ جانانس دِیہِ دیدار
مکہٕ مدینَس نور پرزلاَنے ییلہِ کھوٗت رَو تراوان سردار
خانہٕ کعبہ تیٚتھک نِشانَنے ییہِ جانانس دِیہِ دیدار

اُندی اُندی ژدریار چھِس شوٗبانے فاروقؓ عادل شیرِ جبارؓ

حضرت صدیقؓ بیمہ عثمانے پیہِ جانانس دیہِ دیدار

جفس فاطمسؓ نِہِے جانانے کھونہِ للہِ ناوان نبیؐ مونختار

اسلام زندِ تھندِرےٚ شانے پیہِ جانانس دیہِ دیدار

طوفانِ کربلا آسِس بوزانے بوزِتھ جگرس گوم تیٚر بار

چشمو چھَس خون ہارانے پیہِ جانانس دیہِ دیدار

زمین آسمان اوس نالانے کیٚنٕن پیچھُ خدا ے بیزار

یزیدس لعنتھ کرانے پیہِ جانانس دیہِ دیدار

عثمان غنیؓ اوس تھدِ شانے حضرت خدیجہؓ دنیا دار

دولتِ دُنیا کوٚرُن قربانے پیہِ جانانس دیہِ دیدار

●

## لۄکہ بأتھ (رۄف)

دِہلے ترَوے حضرت بَل تہٕ لولو
گرٛشہٕ وُچھنے شالہٕ مار گُل تہٕ لولو
دِہلے ترَوے حضرت بَل تہٕ لولو
نبی صابنہٕ وَسنہٕ یارہٕ بَل تہٕ لولو
دِہلے ترَوے حضرت بَل تہٕ لولو
ثنتہٕ بیبہ مَو وُچھنہٕ دارِ تلَ تہٕ لولو
دِہلے ترَوے حضرت بَل تہٕ لولو
اَسہٕ پانَس ژٕلہٕ گانگل تہٕ لولو
دِہلے ترَوے حضرت بل تہٕ لولو

ژرارِ برسوارِ گرٛھیہٕ پیدٕل تہٕ لولو

دوٚ کٔلے تروٚئے حضرت بٔل تہٕ لولو

نبی صأبنہ دیدرِ تہٕ جٔل تہٕ لولو

دوٚ کٔلے تروٚئے حضرت بٔل تہٕ لولو

دِلہِ اُنس ژلہِ تتہِ مٔل تہٕ لولو

دوٚ کٔلے تروٚئے حضرت بٔل تہٕ لولو

راز دِلہِ کٔڈ ییہٕ بامٔل تہٕ لولو

دوٚ کٔلے تروٚئے حضرت بٔل تہٕ لولو

تتہِ وٕتھرِتھ فرشہٕ مخمل تہٕ لولو

دوٚ کٔلے تروٚئے حضرت بٔل تہٕ لولو

